"KASHUR
LOOK A
BAAT"
(SAQI)
KASHMIRI

# کأشِرۍ لُکہٕ بأتھ



سوٚمبرن وول
موتی لال ساقی

جموں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز
سرینگر

کتابہِ ہند ناو   کأشرِ گُلکہٕ بأتھ   (دوٚیُم حِصہٕ)

چھاپ خانہ   کوہِ نور پریس لال کنواں دہلی

تیداد   پانژھ ہتھ

قیمت

چھاپ گژھنکہٕ تاریخ   جنوری ۱۹۶۷ء

# گوڈہٕ کتھ

پرٛوس کوٚر اَسہِ ییٚمہِ کتابہِ ہنٛد گوڈنیُک حصہ پیش، نتہٕ ہُنٛس
چھہ اَمیُک دوٚیُم حصہ ہیٚتھ آمتۍ - امہِ کتابہِ ہنٛدِ گوڈنکہِ حصُک یُس
حوصلہ افزا خاطرٕ مقدم سپُد۔ تمہِ سیٖتۍ چھہ یہِ کتھ ظاہر سپٕز زِ یہِ
کاٗژاہ اہم کام اوس۔ یوٚدوے موجودہ حصہ الگ جلدہ کِس صورتس منٛز
ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ، مگر پزر چھُ یہِ زِ معنوی تہٕ موضوعی لحاظ چھُنہٕ
یہِ گوڈنکس حصس سیٖتۍ پٔژھ رنگہ ہم آہنگ تہٕ نٲلی نال۔ یم دوٚشوٕے
حصہ لبرٕ لوٚر پرٛنہٕ سیٖتۍ چھُ باسان زِ یمَن منٛز چھہ اَکی کتھ ہندۍ پوٚش
ژارنہٕ آمتۍ - یہِ حصہ پیش کرنہٕ پتہ ہیٚکہ یہِ دعوے وارِیاہس حدس تام
پوٗرہ سپدتھ زِ ساینہٕ لکہ ادبچ اکثر معلولال تہٕ گوہر چھہ وۄنی اودرہ پور ژھاٲرتھ
سعہ نمبرنہٕ آمتۍ تہٕ محفوظ کرنہٕ آمتۍ - مگر اَسہِ چھُ رتیوٗناہ زیادہ لوک ادب
ورثس منٛز تورمُت زِ وُنہٕ تہٕ ہیٚکہ اَمیُک بوڈ حصہ شیرازہ بندی ہنٛد محتاج
آسِتھ - اتھ سلسلس منٛز ہرگاہ کانٛہہ دوست نشان دہی کرِنک تکلیف گوارا
کرِ اکادمی سپدِ تمسنٛز برٛونٛہہ شکر گذار۔

محمد یوسف ٹینگ

۷، دسمبر ۱۹۶۶ء

# فهرس

# پیش نامہ

تہذیبہٕ کہ آدن کالہٕ پیٹھٕ از تام چھےٚ شاعری انسانس دۄہلاوان تہٕ مَنہٕ ناوان رُوزمٕژ۔ ژھَمَن تہٕ فِکرن، شادمانی تہٕ مصیبتَن منٛز چھےٚ شاعری انسانَس دۄہے سیتۍ سیتۍ رُوزمٕژ تہٕ اَمِس قوت، طاقت مستی تہٕ سکوٗن بخشان آمٕژ۔ وَنہٕ چھےٚ پیوان زِ گۄڈٕ نیٚتھی یِیہ سہ کتھ انسانن کرسہٕ کتھ اَمِس شاعری ہٕندِ جامہٕ ورلِتھ۔

تہذیبہٕ کِس گۄڈٕ کالس منٛز اَس شاعری براہ راست پیٚداوارۍ عملہٕ سیتۍ وابستہ۔ اَمیُک بُنیادی مقصد اوس اکہٕ قبیلکۍ یا اکہٕ گامکۍ سازی لۄکھ موٚکلہٕ کرِتھ تھاوُن۔ مصیبتس تہٕ مشکلس منٛز قبیلس منٛز ہمہٕ تار پاٚدٕ کرُن تہٕ کامہٕ ہٕند بار لۄتُر اوُن۔

مشاہدہ کرنہٕ سیتۍ چھےٚ اَسہٕ نَنان زِ تمہٕ زمانس منٛز اَس شاعری مختلف تہوارن تہٕ کامہٕ ہٕندین بیین بیین پہلوٗین سیتۍ وابستہ

تمہ ساتہ اُس نہٕ شاعری کانٛہہ ہنٛز انفرادی تخلیق آسان بلکہ اُسی ساری سمجھ
اَتھہٕ ژٕو تہٕ زیٚتہ عطا کران ۔ لُوکن ہنٛزٕ مجموعی کوٗشِشہٕ سیٖتۍ بارسس آمژ
تہٕ تخلیق سپز مژٕ اَتھہ شاعری ییٚوٗ انسٲنی تہذیبکس ترقی ہنٛدِس منٛز لس
منٛز لگہ شاعری یا لگہ بٲتھ ناو ۔ چنانچہ ازتہٕ چھہ تمن جایَن یا قبیلن منٛز اَمہ شاعری ہنٛد کٲفی رواج یمن
جایَن یا قبیلن تام گونہٕ سایئنسی ترقی ہنٛد اَتھہ چھنہٕ ووتمُت ۔ از تہٕ چھہ سانین گامن تہٕ گگھٹن
منٛز پہکو تیپر رچھنہ وِزِ، نیندرِ رکھس منٛز، گُرڈ رو کرن ، اجنہٕ دان مٲڈرس
منٛز، ریڈس لمن وٲلی ریڈس لمنہٕ وقتہ، کرِ مژٕ تہٕ ہنٛدہ کورہ بیرن پھیرن وِزِ
ٹھنبہ کادہ وٲلی نقل رٕونہٕ وزِ یمن لگہ بٲتن لہ لوٚہ کران روزان تہٕ ذہنی
سکون حاصل کران ۔ خاندرن ووڈبن ییٚنٛھِ تہٕ ماہ رمضانہٕ کین دوہن
چھہ گامن منٛز لگہ شاعری ہنٛدی دروازہ وٕٹھو گرہان تہٕ زندگی چھہ باسان
گیتہٕ رینہٕ ہنٛدی بٲٹھو گتھہ کران ۔ تیمن جایَن یوت نہٕ وُنہٕ ریڈیو تہٕ اَمہٕ قسمکو
دوٚیم چیزٕ وٲتی ہیتی چھہ، چھہ صرف لگہ ادبٕ ( یتھہ منٛز شاعری علاوہ لگہ
کتھہ بیترٕ تہٕ شٲمِل چھہ) یوت لُوکن ذہنی تسلی تہٕ تشفی عطا کرنُک اَکھ
ذٔریعہ ۔

اَسہ بروٚنٛہہ کنہٕ چھہ واریاہ ترٛژھ مثالہٕ تہٕ یمن منٛز اَسہ لبنہٕ چھہ
بیان زِ کینٛژن گونہٕ ماتن ہنٛد کلامہ تہٕ چھہ ادبکہ رنگہ رنگنہٕ آمُت، مگر یہ
کلامہٕ چھہ اکثر و بیشتر پرٲنین گونہٕ ماتن ہنٛد ۔ وجہ چھہ صاف ظاہر زِ

چھاپ کرنچ ذٕری یہِ موٗ یسر نہٕ آسنہٕ کنہِ ہیٚکنہٕ بروٗنہہ کالہٕ کین شاعرن ہند
کلامہٕ محفوظ سپدِتھ۔ عوامہٕ کس اَتھس منٛز پینہٕ رٛیتہٕ گیہِ اَتھ ہیئت تہٕ
بدلان تہٕ موضوع تہٕ مواد تہٕ۔ آخر ووت سہٕ مقام ییٚتہٕ نَس اَچھ اصل شکل
غائب گیہِ تہٕ اَکھ نوٚو چیز آو پیش بازرس منٛز یس زمانہ کیو وونہِ روٗتلہٕ نیرِتھ عوامی
ذہنن نوٚو انداز ترتیب دِیتمُت اوس۔ سوٚ چھ کرال، اَرکَنہٕ مال، کرم بلند
قادرٕ پٹھٕ، شاہ غفور، لسہٕ ناگامی تہٕ اَمہٕ قبیلکہِ بیٚیہِ وارِیاہ شاعر چھ تم ییٚمن
ہُند کلامہٕ گۄڈٕ شاعری ہندس دائرس منٛز شامل چھُ سپدمُت۔ لگہٕ باتَن ہندٕ
سرمایہٕ منٛزٕ پتکیاہ یمن شاعرن ہند حصہٕ علاحدٕ نیرِتھ کنہٕ تہٕ تحقہ متعلق
وۄنی کین کیٚنہہ وَنن چھُ قبل از وقت، مگر ہرگاہ کوشش کرنہٕ یِیہِ اَمہٕ شاعری
ہُند وارِیاہ حصہٕ ہیٚکہِ علاحدٕ کڈِتھ نوٚن نیرِتھ۔ خاطر یو پکہٕ بیٚیہِ اَصل
مقصدس کُن۔

زمانہٕ کۄ ترقی کران تہٕ سہٕ وقت ووت ییٚلہٕ سماجس منٛز گوٚدنہٕ ماتہٕ
سند مقام مقرر سپُد، مگر لگہٕ شاعری تخلیق سپدنک سلسلہ گوو نہٕ بند
عام لوٗکن منٛز روز یہِ صنف برابر پوٚھان تہٕ بڑان۔ زمانک مزازٕ بدلنس
سیٚتۍ گیہِ لگہٕ شاعری ہِندی رنگ تہٕ بدلان تہٕ تبدیل سپدان۔ لوٗکن ہنٛزٕ
اجتماعی کوٚششہٕ ہندی نمایندہ آسنہٕ کنہٕ روٗدی لگہٕ باتھ سماجس سیٚتۍ سیٚتۍ
تہٕ اَمیک افادی پہلو روٗد اندہ وَنہٕ نوٚن۔

پرٚتھ اکھ باشعور قومن چھ گوڈہ پیٹھے لکہ ادبس (میون وٕزِ
چھ صرف لکہ شاعری تامی محدود.) اکھ بایہ بوڈ مقام عطا کورمت، تکیازِ
لکہ ادبہ کس مطالعہ ستر تہ آمہ چی بنیاد پیٹھ چھ تخلیقی ادبچ رنبہ روٗز
مندورِ تامیر سپدان تہ امہ سکی زوٗپ تہ رنگ چھ داریاہس حدس تام
تخلیقی ادبس منز جلوہ گر سپدان. امہ کتھہ کنو گژھ یہ وُنُن کینہہ گوٚب
ہیوٗ زِ گُنہ قومک مولُل تہ پرٚتھ لکہ ادبک خزانہ چھ تمہ قومہ کہ تخلیقی ادبکہ
گاشدار گیہک ضامن آسان.

لکہ ادبکہ (خصوصاً لکہ بأتھ) مطالعہ ستر چھ زبأنی ہندر
بدلہ وُزُن تہ رنگ تخلیقی ادبس مقابلہ زیادہ نُنی بأتھ امہ برونٹھ کُن
ییوان. عالِم، لکھأری تہ شأعر بیترِ یمنہ زبأنی اکس گنڈس، اکس قاعدس
تل چھِ تھاوان، تتہ چھ عام لُکہ یمن قاعدن تہ گنڈن ہند پرواے کرنہ
ورأے نوی نوی لفظ گنڈان تہ تمن مانے تہ قبولِ عام بخشان. امہ کتھہ کنو
چھ لسانیاتکس ماداس منز تہ اتھ اکھ خصوصی مقام حاصل. عام لُکن
ہنز ڈکھ تہ عام زندگی ہند ترجمان آسنہ کنو چھ لکہ ادب اکھ ستہ تأریخ یُس
ہر ہمیشہ سترِ پھل وسنہ وُن، سرسبز تہ شاداب روزان چھ. تأریخ لیکھن
وألی ہرگاہ کُنہ کُنہ جایہ طرفدأری تہ جانبدأری کأم ہیوان چھ، مگر لکہ
ادبس منز چھ پرٚتھ اکھ پننہ اصلی شکلہ منز نوٗن نیران.

شوٗد نتہٕ سادٕہ آسنہٕ باوجود چھُہ لُکہٕ ادب ہتہٕ بدین وَرِہین ہیندِ تجربٕک حاصِل آسان۔ اَتھ منز یۄدوَے ہیتکہٕ نتہٕ موادٕکۍ حاجہ باوٕنۍ آسان چھینہٕ مگر لُکہٕ ادبٕک سرمایہٕ نظرِ تَل رٹِتھ چھُہ مختلف زمانَن منز زندگی ہنزٕ قدرٕ سرٕ رکھٕرٕ کرنَس منز آسایش تہٕ سہولیت پیدان۔ انسانَس چھَہ اَتھ منز سعوے زنگارنگی نظرِ گژھان، یۄسہٕ رنگارنگی قوٕدرٕتکس نگارخانَس منز دریشٹھ چھَہ یوان تہٕ دِیہاغس شہجار تہٕ سکوٗن باگراوان چھِہ۔

میہٕ چھَینہٕ یَیمہٕ کیتھہٕ ہنزٕ کانٛہہ ضرورت باسان زِہ بیہ کرٕہ لُکہٕ باتَن ہنزَن بیۄن بیۄن ذاژَن ہنزِ پیش نامَس منز وِکھنے ترکیا زِہ یَیمہٕ کِتابہٕ ہندِس گۄڈنکِس جِلدس منز چھِہ جناب علی محمد لون صابَن تِمہٕ سارِنیے ذاژ لگ بھگ گاشراوٕ مٕژٕ، یِمہٕ لُکہٕ باتَن سٟتۍ تعلق چھِہ تھاوان۔

زیرِ نظر کتاب چھَہ لُکہٕ باتَن ہند دۄیُم جِلدِ کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ شایع چھُہ سپدان۔ پننِس مقصدس منز کتھہٕ حدس تام چھُس بہ کامیاب سپدیومت تِمہٕ کیتھہٕ ہُند اندازٕ ہیکَن پرَن وٲلۍ کٔرِتھ۔

بہ چھُس پرٕزٕ دِلہٕ کلچرل اکادمی ہندِس ڈپٹی سیکرٹری جناب علی محمد لون صابَن تہٕ جناب کامِل صابَن شُکرگذار، یِمَو میہٕ یہِ کٲم پوٗرٕ کرنٕچ تحریک دِژ۔ بہ چھُس تِمَن وارِیاہن ماجن تہٕ بینین تہٕ دوستَن ہُند شُکرگذار یِمَو میہٕ یَیمہٕ کِتابہٕ بابت مواد سۄمبراونَس منز اَتھہٕ رۄٹ کوٗر۔

موہنور۔ یکم جولائی ۱۹۶۶ء

موتی لال ساقی

# ژھنیتھ روءنہ منزلس....

ژھنیتھ روءنہ منزلس کرسے گوڑہ گوڑ
شاند دِسے شاندہ گوڈ بتہ زرباف ووڑ
ژھنیتھ روءنہ منزلس کرسے گوڑہ گوڑ

ھٹینہ ہیٔلہ پیٹہ ہمم اڈہ راتن
ذاتک ریٔو کھٔنے شوہ ناتھن[۲]
وُچھمیو ذاتکس پیچھے وُمبرہ پوُر
ژھنیتھ روءنہ منزلس کرسے گوڑہ گوڑ

---

[۱] یمہ منزلِ باتک اظہار بتہ اسلوب چھ وَنان زِ یہ گژھہ اُرکہ نہ مالہٕ ہند لیٖوکھمت آسُن۔ باتیچ زبان بتہ چھ کٔنہ حدس تام اَمہ کتھہ ہنز تائید کران۔ باسان چھ زِ یہ بات آسہ ہے واریاہ وکھتے دار مگر واریاہ وقت گزرنہ کنی چھنہ یہ کانٛسہ پوُرہ پوُرہ یاد۔ باتک لوت لوت بتہ سوت سوت زیر و بم چھ یتھ منزلِ باتس اُرکہ نہ مالہٕ ہندین باتن سیٹھاہ نکھہ نران۔

[۲] شوہ ناتھ :۔ بھگوان شو۔ کیلاسس پتی شنکر۔ واریاہن محققن ہند خیال چھ زِ بھگوان شو چھ دراصل دراوڑن ہند دیوتا، ییٚس ہندوستان یتھ آریہ نسلہ کیو لُکو پانہٕ نوو۔ کشیرِ منز چھ اَمس دیوتا سندس ناوس پیٹھ باضابطہ

بب چون یندراوہ ماج ینمبر زل
وتھرن تراوہ یو فرشس محل
اللّہ[1] اتہ یو جنتچو حور
ژھنتھ رومہ منزلس کرے گورہ۔ گور

بب چون اوشم بوڈ، پیش کار
کشمیر منڈلک تحصیل دار
بخت چانہ لودنمو تخت لوہور[2]
ژھنتھ رومہ منزلس کرے گورہ گور

---

پاٹھو اکہ فلسفک کن ذہن آمت تہ یہ فلسفہ پھانپھلاونہ آمت۔ اتھ فلسفس چھہ شوازم یا ترکاؤنان۔ ہندو دیومالا یہ تہ تترمورتی موجب چھہ بھگوان شو نترہ پرلیک تباہی تہ بربادی ہند آگر۔

[1] اللّہ۔ گورہ گورہ کرنہ۔ منزلس منز ہو ہو کرنہ۔

[2] لوہور۔ لاہور ناوچ کاشر شکل۔

# گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕ یو.....[۲]

گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕ یو کینہٕ کے دٗورو     کینہٕ کے دٗورو
نالہِ چھےٚ کھاکِلِ مالہِ ہیٚٹہٕ حنظوٗرو     ہیٚٹہٕ حنظوٗرو
گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕ یو کینہٕ کے دٗورو     کینہٕ کے دٗورو

دِلہٕ ہیٚنٛدٕ شاہ زادٕ آکھا لوٗہوٗرو     آکھا لوٗہوٗرو
یێنٛدٕرِ ما دٗدی یو مرگے شوٗرو     مرگے شوٗرو
گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕ یو کینہٕ کے دٗورو     کینہٕ کے دٗورو

---

[۱] مرگہٕ شور۔ سہ شورٕ دگ یُس سُبحن مرگہٕ منز یا نیرِس منز پیے مژ چھہٕ آسان یہٕ چھہٕ سخ ترٕژ آسان۔ (م۔ل۔س۔)

[۲] یہ منزلہٕ بأتھ چھُہ ییٚمہٕ کتابہٕ ہنٛدِس گوڈنکس جلدس منز تہٕ شأمِل، مگر تتہٕ چھہٕ اکھ وکھنے بدل۔ اردو زبأنۍ ہنٛدۍ مشہوٗر لکھأری ایم۔ اسلم، صأبن چھُہ یہ منزلہٕ بأتھ ییٚتھٕ پأٹھۍ پننس اکس افسانس منز شأمِل کوٗرمت۔ امہِ علاوٕ چھُہ یہ بأتھ "زہرٕ خوتوٗن" ناوٕ چہ فارسی تہٕ کأشرِ زٕلہٕ کتابہٕ منز تہٕ یِمی آیہٕ درج۔

وَتہٕ وَتہٕ پھیرٕ مٔتہٕ منصوٗرو ۔ مٔتہٕ منصوٗرو
نیرِہ ہا ژٕیے پتہٕ چھٕنہٕ دۄستوٗرو ۔ چھٕنہٕ دۄستوٗرو
گوٗرہٕ گوٗرہٕ کرِہ یِہ کٕنہٕ کے دٔورو ۔ کٕنہٕ کے دٔورو

آنگنٕ موٗ پکھہٕ وانگن ژٔورو ۔ وانگن ژٔورو
سیٖن کیا رٔنہٕ یِہ ٹھوٗلہٕ زۄمبوٗرو ۔ ٹھوٗلہٕ زۄمبوٗرو
گوٗرہٕ گوٗرہٕ کرِہ یِہ کٕنہٕ کے دٔورو ۔ کٕنہٕ کے دٔورو

# بوٚ لٔگو لٔگی کرآیہ

اشرزلہ اوّن مے منزال مٔلی

بعہ لٔگو لٔگی - کرآیہ

دُکانہ اُنز مے کتاب مٔلی

بعہ لٔگو لٔگی - کرآیہ

اننت ناگہ اُنز مے رنگہ دُوچ مٔلی

سوٚنہ شُند قلم گرآیہ

اَچھبر چاٗنز چھم موٚختہٕ پھٔلی

بعہ لٔگو لٔگی - کرآیہ

ویجہ بزارہ اُنز مے رنگ کھڑاو مٔلی

پاٗنز پُشط[1] کرآیہ

ژرہ کرد ربہ تہٕ رُودٔے تٔلی

بوٚ لٔگو لٔگی - کرآیہ

---

[1] کھراوہ ہندہ بایت وُونی ہُر رز۔ اکہ قسمچ ڈوٗر ہش پُشط چھ اکثر ویٚلین بناونہ یوان۔

# "ہِہی مائٔلی کرے ناو"

سعہ نہ معہلہِ گرُے کنہِ واُئلی
ہہی مائٔلی کرے ۔ ناو
ییٔلہِ دَر ژہِ زایکھ بائٔلی
زینہِ چانہِ کیا بوٗز چاو
نِی نکھ رٔچھکھ دوٗدہ مائٔلی
ہہی مائٔلی کرے ۔ ناو
ژاٹہِ ہال ژہِ گئیکھ بائٔلی
گاٹہِ جارہِ ٹُگی ۔ تار
کِتابہِ ژادہِ پھچھ نائٔلی
ہہی مائٔلی کرے ناو
شاہ زادہِ آمُت سائٔلی
روٗقَن ہے دکھراووس
زرباف شوٗبی ۔ نائٔلی
ہہی مائٔلی کرے ناو

●

# بہ گوُرہٕ گوُرسے کرأیو

ہیٚتہٕ کے ہِدرہ ہیٚتہٕ کیٚنہٕ سے دوُرو

بہ گوُرہٕ گوُرسے کرأیو

ڈٲکہ بجہ ماجہ ہیٚندرہ پوٚترسے حوُرو

یوٚت کرٕ ہاوُنے میہ زنٛشہ وُتھ

دودسے بھایو گوُرسے قصوُرو

بہ گوُرہ گوُرسے کرأیو

ہینہٕ بالہِ گوہم ژٕری گرِہ نیرِتھ

تینہٕ نو چھیرِتھ آہم زانٛہہ

ہِندسے ہرژٕہ مے پھوٚرہم ژوُرو

بہ گوُرہٕ گوُرسے کرأیو

بوہ تہٕ ہا أسِس جنٛتچ حوُرو

لأگی ژوٗرن کرٕم مرژہٕ گانٛگل

کھمہٕ ہو للہِ وَتھ یاوَن ژوُرو

یہ گوُرہٕ گوُرسے کرأیو

---

له یہ باتھ ہرگاہ منزلہِ باتھ ییٚمہ کنہِ تہٕ موجوب چھُنہٕ زِہ امیک مواد چھہٕ بدل کنِہ وَنان۔ مگر عام لوکن منٛز چھہٕ یہ باتھ منزلہِ باتہٕ رنگے عام قبول عام

# کوٚستوٗرِ کرٕسے ناو

چَتَم دمہ د بتٕ لدٕے ڈوٗرہ
کوٚستوٗرٕ کرٕے ناو
ناگس سٕتران کریوم حوٗرہ
بارٕنج ہی ژٕہ چھاوکھنا
لاگہتھ شیرِ وٕچھت دوٗرہ
کوٚستورہ کرٕے ناو
کھوٚت ہم سِری یہ شُلی پوٗرِ [۱]
رٕچھت رمہنہ منزِلس منز
چھکہم ژوٹنگ دزان زوٗرہ
کوٚستورہ کرٕے ناو
کھیاو نتھ کھنڈ تہٕ شکرژوٗرہ
گرٕے پانٕہ کنہٕ دوٗر
دزاہم بامَن لاوے موٗرہ
کوٚستوٗرِ کرٕسے ناو

---

حاصل آسنہٕ نعمہ کھ کوٚرمہہ یہ باٗتھ منزلِ باٗتن ہندِس عنوانس تل درج ۔
[۱] مشرقہ کنہٕ

# لچھیو مائجی

گوڑہ گوڑہ کرہ یو لچھیو مائجی

کنہ ڈور گرہ یو لچھیو مائجی

گوڑہ گوڑہ کرہ یو لچھیو مائجی

صُبحکہ سر یو لچھیو مائجی

گوڑہ گوڑہ کرہ یو لچھیو مائجی

سون رحوف گرہ یو لچھیو مائجی

گوڑہ گوڑہ کرہ یو لچھیو مائجی

کھرہ کئاسی کھرہ یو لچھیو مائجی

گوڑہ گوڑہ کرہ یو لچھیو مائجی

# موٗمے یِڈٕرس لگٲیو

مٲج ہا گیِٕی گیُن گیڈٕرس
موٗمے یِڈٕرس لگٲیو
ہمسایہٕ گرہٕ گیَیہٕ گرٕسہد ژٕ دٕرس
موٗمے یِڈٕرس لگٲیو
مٲج ہا گیِٕی گیُن گیڈٕرس
موٗمے یِڈٕرس لگٲیو
ہرٕ دَے بب گوٚے پنجاب گنٔے
اُنی ژٕ یہٕ کیٛت موٗلُل تھان
اَوٚدٕ ٹھوٕہ اُتی تَے جورٕ شوٕہ اَدٕرس
موٗمے یِڈٕرس لگٲیو
مٲج ہا گیِٕی گیُن گیڈٕرس
موٗمے یِڈٕرس لگٲیو

---

[1] گیُن - دان گھانٹک اکھ حِصہٕ یُس سیٹھاہ نرم آسان۔ [2] گیوڈ - بوٗد

# گوٗر گگراین

نالس وۄڑھہ یو مالہِ دَد راین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین
ژٕہ تہٕ بیٚنیہِ چانِین ہیمُن وۄدہ بہاین
گوٗر گگراین ۔ ۔ گوٗر گگراین
مَحلٕو جورٕ چھےٚ ژٕوٚنژٕہ تےٚ داین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین
پھیرنہٕ زِمہٕ تھو خلاکھ شاین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین
رٕوٚچھ نکھو نورالدین صابنزٕ ساین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین
جورس گاہ دِیُت سونہٕ ژٕلہٕ ماین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین
نالس وُڑھہ یو مالہِ دَد راین
گوٗر گگراین ۔ گوٗر گگراین

# کرٕہ یو ہوتے ہو

سونٕہ موٗلہٕ ہیوٚت مکھہ کنہٕ ڈوٗر گرٕہ یو
کرٕہ یو ہو تے ہو

رونٕہ داماٗنس لال ہو جرٕہ یو
کرٕہ یو ہو تے ہو

تھٔنہٕ ینہٕ پشیہم یاوٗن آمو
بامَن دڑامو لنجہٕ بیبرے
اَسہٕ وینہٕ بُتھہٕ چھُک لَسہٕ تَم ہیرٕہ یو
کرٕہ یو ہو تے ہو

ببر یندراژن منٕزلاہ گوٚرنے
جیر ہہ سیتھہٕ واگی ماتا مال
وید تے گیتا بروٗٹھہ کنہٕ پرٕہ یو
کرٕہ یو ہو تے ہو

# وَنُن[1]

کری جامَن سۄنہٕ سُلہِ ماسیے

کری جامَن سۄنہٕ سُلہِ ماسیے

دیۄکی[2] مأج دَپنے وزاسیے

کری جامَن سۄنہٕ سُلہِ ماسیے

گوڈہٕ پترہٕ چھنے مالیُن آسے

کری جامَن سۄنہٕ سُلہِ ماسیے

اَتہٕ گۄتھ اُہُن موہرے ڈُاسیے

کری جامَن سۄنہٕ سُلہِ ماسیے

وار[3] لوہ نے آیہ دِرہ باسیے

---

[1] یہ وَنُن چھ خانَدرس پلیٹھ ونہٕ وینہٕ کیہ گوڈنکیہ دوہ یہ تمبکھ نارہ پلیٹھ بٹنہٕ گیوان

[2] بٹن منز چھہٕ ناوہ بیتھ ونہٕ ونک یا گیونک رواج اَمیہ موکھ چھہٕ میہ یتہٕ من
بجایہ ہشُرہ جایہ دیوکی ماجہ ہُند ناوہ لیوُ کھمٕت۔ دیوکی اُس بھگوان کرشنہ
سُنز مأج [3] لِرہ ہندہ بُنز میہ یوُرک تیتھ بُر کرُیتھ چھُہ آسان

کری جامَن سعہ نٕر گٔلہِ ماسیے

اَسہِ تارآئی کوٗرِ یٕنٛہ سماسیے

کری جامن سعہ نٕر گٔلہِ ماسیے

دیوتا پانٛژ سالکَس آسیے

کری جامن سعہ نٕو گٔلہِ ماسیے

کری جامَن سعہ نٕر گٔلہِ ماسیے

# وَرُن [1]

ہِنگے نوٗ نچھتر ترٕ زنگ [2] ہٕنے آیہٕ رٕژیے
درہ دوٕ سپتۂ اُڈری شوسلے ییٚژیے
ہِنگے نوٗ نچھتر ترٕ زنگ ہٕنے آیہٕ رٕژیے
دُراجے لالن شارکا [3] ہیٚش سیے
ہِنگے نوٗ نچھتر ترٕ زنگ ہٕنے آیہٕ رٕژیے
اُسہٕ پانہٕ نارآٗئی [4] لچھمی [5] دِرژیے
ہِنگے نوٗ نچھتر ترٕ زنگ ہٕنے آیہٕ رٕژیے
آکاشہٕ اَرٕژھ رَرٕژھ پانٕے وُرژھیے
ہِنگے نوٗ نچھتر ترٕ زنگ ہٕنے آیہٕ رٕژیے

---

[1] یہ وَرُن چھہ بُٹن خاندر شروع سپدنکہ دوہ ہٕہ وَنان۔ [2] سات، دِز، موقہٕ،

[3] کانہہ کام شروع کرنہٕ برونٹھہ چھہ بٹن کانسہ توٗکل، نوٗن ترٕ پانسہ سیتھ مُرَدس دُچھنہٕ اندہ ترٕ زنانہٕ کھوورہٕ اندہ پھیٚکس لاگان۔ اَتھ رَسمَس چھہ زنگرٕیُن وَنان۔ گُنہٕ کامہٕ نیرن وِزہٕ ترٕ چھہ بٹہ کانسہٕ شُرِس یا بیٚیہ کانسہ وُچھنہٕ کنہٕ کڈان۔ اکھ طریقس ترٕ چھہ زنگرٕیُن وَنان [4] اتھ چھہ ہرازہٕ شُند ناو ہیٚنہ یوان [5] اکھ دیوی اُمی سُند استھاپن چھہ کشیرِ منز راٗیتھتہٕ، بادی پورہ ترٕ تُلہ مُلہ [6] کھگران [7] دولتیچ دیوی [8] آسمانہ ییٚژھ۔ سوارگہ منزہٕ۔

# وَژُن [۱]

لنڈٕنی میٖنٛز سے کوٗزٕ تھۄ گۄپھا

اچھا ہُبہٕرِ کۍ باٗیی یے

وَچھِس گنڈٕ بتھ رۄہ پیے لۍچھا

اچھا ہُبہٕرِ کۍ باٗیی یے

خاندر آسان رہتھا پۍپھا

اچھا ہُبہٕرِ کۍ باٗیی یے

---

[۱] یہ وَژُن چھ بٹہٕ گرہ نادیہ یا لۄکچہ دعوہ ہے تمبکھ نارہ پیٹھ گیوان

[۲] ہُبہٕرِ کۍ ہُنز زنانہٕ۔ کاشرین بٹن منز چھ ہُبہٕرِ کۍ اکھ فرقہٕ ذات۔ یہ فرقہ چھ اکثر دُگانداری کران۔

# مأنزٕ وَزُن

سبزِ مأنزِ سُہ رخ رنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
بیٚۓ راجس وٕتھرُن پرنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
تتھ پیٚٹھ بہتھ أل تٕرونگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
کھورن رونہٕ بیٚنہِ پارسنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
بوشیرہ ڈالے بیرہ لنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
مہ بأیی راجو دِتم زنگ[۱]
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
سبز مأنزِ سُہ رخ رنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ

---

۱ خاندرس پیٹھ چھِہ پوٚنہٕ مختلف وقتن پیٹھ رنہ یِہ تران۔ ترنگہ گنڈنس

# مٲنزِہ وَنُن

مٲنزِہ کُنڈٕرِسؔ کِنارٕ سیٖے

مٲنزِہ کُنڈٕرِس کِنارٕ سیٖے

لالہٕ صاحب چھُم دربارٕ سیٖے

مٲنزِہ کُنڈٕرِس کِنارٕ سیٖے

ٲلہٕ کھیوان سہ پھارٕ سیٖے

مٲنزِہ کُنڈٕرِس کِنارٕ سیٖے

کوٗنے لگِہس بَب پارٕ سیٖے

مٲنزِہ کُنڈٕرِس کِنارٕ سیٖے

لالہٕ آمے شہارٕ سیٖے

مٲنزِہ کُنڈٕرِس کِنارٕ سیٖے

---

مٲنز لاگنَس، میٖخلہِ بیٖپھٕڑ دٕ رِہ دانَس پیوٚنُس بیترِہ وِزَن بیٖپھٕڑ چھِہ پیٖف زنگ رٕتان۔ ژھوڈٕ پٲٹھٕ گٔیہ زنگ رٕٹنٕ کُنہٕ کامہ ہٕنٛدِس وقتَس بیٖپھٕڑ پوٚنسہ رٕٹنی۔ یہ وَنُن چھُہ اکثر پیٖف مٲنزِہ رٲژ دوہ وَنان۔ (م۔ل۔س) لہ مٲنزِہ بانہٕ یٖتھ مٔنز مٲنز اٹھٕرِتھ چھِہ پیوان۔ بنان چھُہ زہ بروٗنہہ کالہ ما آسہ ہے یہ کانٛہہ خاص بانہٕ آسان۔

تســ چھہ وُچھان لگمہ ساأری یے

مأنزِہ کَنڈِس کِنـأری یے

کو نے لگِس دِیہ پأری یے

مأنزِہ کَنڈِســ کِنأری یے

خانہٕ مأجی وَن ہأری یے

مأنزِہ کَنڈِســ کنأری یے

جانٛز وأرِوی چھِہ باپأری یے

مأنزِہ کَنڈِســ کنأری یے

# مائنزِ وَرُشُن

بوزی سُلی یے لو

مائنز مُلی یے لو

دیارہ ھُلی یے لو

مائنز مُلی یے لو

جامہ چھُلی یے لو

مائنز مُلی یے لو

ینمبر زُلی یے لو

مائنز مُلی یے لو

ناگہ بُلی یے لو

مائنز مُلی یے لو

---

له یہ مائنزِ باتھ چھہ بٔٹہ خاندرس پیٹھ عموماً تمہ ساتہ وَنان ییلہ یوٚف مائنزِ کوٚنڈ ماہ ھیتھ یکھو دارَن نشہِ گژھان چھہ۔

# مٲنزِ وَژُن

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

صاحبہٕ لالو کِہو گژھہ یہ یہ ژٕہ کرِہ یہ خوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

چانہِ باپت پھیرہٕ جنگلن مارہِ شیکارٕ گوش[1]

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

چانہِ باپت گژھہ دَیہ سِپی تتہٕ چھہٕ پلنگ پوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

نالہِ ژھن یہ معہ خطہ ہارا تہٕ شیرہٕ لاگَے پوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

بببہٕ لالنی مالہ گرہ یہ دورہِ رِوٹھتھَم بوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

سرہ پھوٗل ہم اکہ نندہ نو گِندہ وٕن پمپوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

یلیتہٕ گژھہ ہم رَنْیِ[2] انہ نے تتہٕ تھاوِ کرہ زیم ہوش

مٲنز لجُو یہ مٲنزِ نمہ نبی مٲنزِ دیت نیو جوش

---

[1] ماز     [2] زنانہ۔ خانداریز

# مأنزِہ وَژُن

مأنزہے اَرِنم ڈُپٹہٕ وَرِتھ

مأنزے زٕہ گُگُر بَرِتھ کیا

مأنزاہ اُدٕمے لوٚہوٗرہ ترِتھ

مأنزے مٕہار گَرِتھ کیا

مأنزاہ اَرِنم بگمین یَرِتھ

مأنزے زٕہ گُگُر بَرِتھ کیا

مأنزِہ کوٗنڈٕ اَدٕنم سوٚنہٕ گُندگرِتھ

لالہٕ نہٕ دیرے سنٕرِتھ کیا

ہوٚورٕ نیرِہم سازاہ گرِتھ

مأنزے زٕہ گُگُر بھرِتھ کیا

# مائٕژرِ وَژُن

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

ییٚتے گیٚیس ببےٚ راجن گرائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

بیٚہہ بی گورہی چایا ژوُٹاہ کرائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

کنن ژیہ جھمکہ نالہ ترژوُٹاہ گرائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

موہر وَتہٕ لالو چھنڈہ ژیہ پانے برائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

مےٚ وَد گوری بوٚنئے وَدُن زرائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

معہ لُل معہ خٔتےٚ نالس چانِس جرائیے

سرے کڈُ لہِ مائٕژرے ہُندُے ترائیے

# مٲنزِ وُرُن

مٲنز کھٔرِتھ سعدرگہ تہٕ مٲنزِ دزاسے وُٹری

مٲنز آیہ سعدرگا پُوری سیے

زالایہ[1] آنگن پھٔلی پوشہٕ نوٗری

دِوہ گونس لاگہٕ ژاٗری ژاٗری سیے

ویلہٕ[2] دوت لاگنُک تہٕ چھُم مجبوٗری

مٲنز آیہ سعدرگا پُوری سیے

تُلہٕ مُلہٕ باغ پھوٚل اُسہٕ گرٕتھو توٗری

راگہٕ رِنیایہ[3] اُسہٕ منگو رِژ آگہٕ نیشا[4]

ناگس باوو اُسہٕ رگلہٕ نوٗری

مٲنز آیہ سعدرگا پُوری سیے

---

[1] اُکس دیوی ہُند ناو۔ اُمس دیوی ہٕنز تھاپنا چھہ پرِبتہٕ تہٕ کھروٗ

[2] وِز، وقت، موقعہٕ [3] اُکس دیوی ہُند ناو، تفصیل چھہ برونہہ دِنہٕ آمٕژ۔ [4] اجازت۔

# وَنُوُن

چھَتےَ شاگُدی میہ ستےَ میانِہن مالنہن

چھَتےَ شاگُدی میہ ستےَ میانِہن مالنِہن

چھَتےَ شاگُدی راجہ لالنہن بارِہن

چھَتےَ شاگُدی میہ ستےَ میانِہن مالنِہن

چھَتےَ شاگُدی مالنِہن رِوہ پہ تالنِہن

چھَتےَ شاگُدی میہ ستےَ میانِہن مالنِہن

---

(نوٹ :-) یہ وَنُوُن چھہ اکثر کُوُر باے سِندِس کھاندرس پیٹھ مالنہٕ ژُمبکھ نارہٕ پیٹھ گیوان ۔

# وَژُن

نلے نامے جاگَنی چامے چھَنا کرِنہٕ نی

امِرا کدرِل وان چھنا چامے چھَنا کرِنہٕ نی

نامے نامے جاگَنی چامے چھَنا کرِنہٕ نی

سبزٕ چھَنا بہار کر چھَنا بے چھنا رکِنہٕ نی

نامے نامے جاگَنی چامے چھَنا کرِنہٕ نی

چامے چھَنا یور بنال چامے چھَنا کرِنہٕ نی

نامے نامے جاگِنی چامے چھَنا کرِنہٕ نی

رشیرکہ چھَنا معہ گو چھَنا چامے چھنا بَنہٕ نی

نامے نامے جاگَنی چامے چھَنا کرِنہٕ نی

---

( نوٹ :- ) یہ وَژُن چھہ زنانہٕ عموماً تمہٕ ساتہٕ وَنان یلہِ تمَن گہِوان گہِوان چامے یِتھَس بیچھٕ واتہٕ نہٕ -

# وَژُن

پربت کوہہ تلہٕ ژُندرمہٕ دراو
لُتریے گاشا آو لولو

جیجے کدلہٕ گنجہٕ سے ناوہٕ
واژسے سوکھ ستےٚ ساوہ لولو

واژسے پنہٕ نے لولہ ہتہٕ باوہٕ
لُتریے گاشا آو لولو

سبے راجہ اَز گرہٕ حون ژاوہ
قبیلے کرٛون ہیچھ آوہ لولو

دیوکی مالے بوٗرنے چاو
لُتریے گاشا آو لولو

---

نوٹ:- یہ وَژُن چھُ تیمہ وِزہِ گیونہٕ یِوان یلہٕ کورہِ مالِنہٕ دُرہ کٕہنتہٕ ہیچھ یِوان چھہ۔

# وَژُن

چھوڑی چھوڑی تڑ کرہِ چھ گڑایے

لالا مَتَھڈُ یو - مایے

یعہ ہا چھَسَے کولہِ بایے

لالا مَتَھڈُ یو - مایے

میہ چھ ڈُورہ کنَن گڑایے

لالا مُتھڈُ یو مایے

بعہ ہا کرَسے شیرہِ جایے

لالا مُتھڈُ یو مایے

ڈُورہِ وُچھمَے ژُورہِ ژھایے

لالا مَتھڈُ یو مایے

کیا زِہ تھووتھمَ لولہ نیایے

لالا مَتھڈُ یو مایے

رِیوت ہَنا کرتڑ پایے

لالا مُتھڈُ یو مایے

# وَژُن

کرِمتےَ لاگِنس اَیہ دِزاے کھرِ ییے
وِرِی ییے دِژوییے ژندرِ نوُ دار
یِم چھِم راجے لالِیژ شُرِی ییے
ییمَن گرِٹھ آسَن سونٕژ دستار
کھینُن دِنگ کھرِٹ کھنڈ وتھرُن دزِییے
وِرِی ییے دِژوییے ژندرِ نوُ دار
باغ یٔیلہِ دِزا اَیکھ دوشِہ پوشبرِ ییے
پوشو پرٔیزہ نوو چون اُنہار
یور کونٕہ آیکھ شاہہ سوندرِ ییے
وِرِی ییے دِروییے ژندرِ نوُ دار
پوشہ وُن مالیُن چھُنہٕ سوندرِ ییے
مالِنہٕ گرِ کیتہ زاگہہ لگہِ تار
واٹرِہ گرِہ روز ہیتےَ وَن ژزِی ییے
وِرِی ییے دِژوییے ژندرِ نوُ دار

---

یہ بٲتھ چھُ "کاشُر لکہِ بٲتھ" کتابہِ ہندِس گوڈٕنِکِس جلدس منز

# وُژُن

پۄشہِ کنہِ موٗختہ گگہِ کھتی سعہ رگہ باغس
ناگس پیٹھ لۄگ ہم سرٕ[1] دربار
زلہِ کنہِ امرہ تھ دزاو یتھ ناگس
ناگس پیٹھ لۄگ ہم سرٕ دربار
کتہِ اتر تم پۄشس یم شیرہِ[2] لاگس
ناگس پیٹھ لۄگ۔ ہم سرٕ دربار
دیوہ دِیہ درشن ڈیڈہ تل زاگس
ناگس پیٹھ لۄگ ہم سرٕ دربار
اشہِ گوٗڈ ڈِمنہ سۓ[3] شراونس تہِ ماگس
ناگس پیٹھ لۄگ ہم سرٕ دربار

---

شاعرِل۔ نگرتہ تہ چھہ یتھی وکھنے علاحدہ۔ سعہ وکھنے چھہ اکہِ علاقچ تہِ ریتہ وکھنے چھہ بیٚیہِ علاقچ۔ محفوظ تھاونہِ خاطرہ کوٗر میہ یہ وژُن نوہ سرہ یتھ کتابہ منز شامل۔ بروٗنہہ لہہ چھہ یہ باگھ ناگچ عبادن جمع کوٗرمت۔

۱ ہمس۔ رازہ ہونس، ھما۔ ۲ کلس۔ پۄزایہ ۳ سگ۔ چھرکاو۔

# وُرٹُن

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

راجے لالُن باغ یٮ۪لہِ ژانَس ببراہ وُچھمَس پٔرأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

سوے ہیے تہٕ ہٕندِس ہنگِسی لأجم رُزہَے چھس ڈیکہٕ پٔرأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

تارکن منز باگ زوُن زان زوتان مارکن منز چھہٕ شُبہ وأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

بأرِی راجن گرِ ہیلہِ ژالَس دوٚ پنم کوٗر آیہٕ سأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

ہیرِ کھسہٕ وٕرِنی آلَو لویم ڈیکہٕ بُڈ کرکھ کرمہٕ لأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

وأرِوِ گرِہ گژھہٕ دوہ دِین بُرہ تےٚ مألنٕ چھہٕ روزہ وأزیے

پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے پہٕ چھہٕ میأز ببرے کأزیے

# وژُن

سرٕ کھوٗرُم پمپوشاہ گرہ ژوٗنمُ یے

بیہٕ راجنہٕ ویرٕ ژوٗرُم شیرٕ لوگمُ یے

سرٕ کھوٗرُم پمپوشاہ گرہ ژوٗنمُ یے

بأی راجَن یِی میہٕ ووٚنمُ تی میہٕ موٗنمُ یے

سرٕ کھوٗرُم پمپوشاہ گرہ ژوٗنمُ یے

شیوہ ناتھَن پانہٕ ڈیکس اَتھ ڈوٗلمُ یے

سرٕ کھوٗرُم پمپوشاہ گرہ ژوٗنمُ یے

اہنکارسٕ[1] دَکہٕ دِنئے جان زوٗنمُ یے

سرٕ کھوٗرُم پمپوشاہ گرہ ژوٗنمُ یے

---

[1] تکبُر۔ غرور۔ نخوت

# وژُن[1]

شولہِ دِوُن گنڈُسے معہ ختہ ہار

لولہ یئِزمَن بأیی سیے

دیوکی مألِر راجب بأیسیے

تاج تارُکھ زوسیے سیے

تاج لاگِتھ ہوُرُ دِرُوسیے

لولہِ یئِزمَن بأیی سیے

دیوکی مأجی کرشنہ جاوسیے

منن مالاگنڈُ۔ ـــ تسے

نوشس ہیتھ پانہِ آنگن ژوسیے

لولہِ یئِزمَن بأیی سیے

---

[1] یہ وَژُن چھہ مہرازہ سِندِہ ہہوُرُ نیرَن وِزہ تہِ تہِ تمُہ سِندِس واپس یِنس پیٹھ تہِ بَٹہ کھاندرس پیٹھ گیونہ یوان۔

# وُژُن [1]

دِلہِ جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

بَبہٕ راجو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

دِلہِ جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

باٗپی جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

دِلہِ جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

باگہِ [2] وانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

دِلہِ جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

سانہِ کرٛانیو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

دِلہِ جانو رگل ہا گرِٹھ واٗری وٕہی

---

[1] یہ وُژُن چھُ تمہٕ وِزِہ ژمبکھ نارہٕ پیٹھ گیونہٕ یِوان، یمہٕ وِزِہ کورہ واٗرِو سکھراوان چھہ۔ [2] بھاگہِ وان۔ خوش قسمت۔

# وُژُن

بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش
بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش
شالِہ مٲر واٚتِتھ مَن کوو ڈۆل یو
بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش
شارِکاہِ آنگن ڈیکہ میون پھۆل یو
بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش
یمبرزلِہ ژھاگس پھُلِلاہ مۆل یو
بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش
رنگہٕ ژرہ تھرِہ پیٹھ ژھوگاہ چھۆل یو
بُلبُلو لۆگ یو بازرِ جوش

# وُژن

ہتےَ ہتےَ نازلی
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
جور پچھیے مخملی
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
باغہ پھٔلۍ یٔمبرزلی
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
ووڈِہ پچھیے ڈورہ خاص
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
مَتےَ دِتَم وویہ باس
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
کتھا کرتہٕ ییم باس
ژیٖہ تےَ مہٕ چھُم یخلاص
ہَتے ہتے نازلی
ژیٖہ تے مہٕ چھُم یخلاص

# چھکرٕ بأتھ

ٹُلہِ پھٕجی ہرشی ہیٚیے پوشہ گونٛدری لو
کمی بارٕنجِ چھکھے شامہِ سونٛدری لو

وٕنیجہ ژرارے مأرِ لوٗگمُت
تتہِ چھِ عاشق۔ مأرس

پأرِ سو لگریے ہیٚنے دِل ہٕنٛدری لو
کمی بارٕنجِ چھکھے شامہِ سونٛدری لو

زیٹھ یأر اَز مأرِ لوٗگمُت
یاترایہِ وأتِ کمَ کمَ

ناوہِ ترکھے کِنہِ یِکھ اَندری لو
کمی بارٕنجِ چھکھے شامہِ سونٛدری لو

پربتہِ اَز مأرِ لوٗگمُت
پُھلیہِ متو وأتِ سأرس

چندہ برسیے ژیتہِ پوشہ گونٛدری لو
کمی بارٕنجِ چھکھے شامہِ سونٛدری لو

# وِیگہٕ وَژُن

آنگنہٕ مِیانہٕ چھُہ ناگہٕ سے

راجے لاگس ٹوٹھیوم دے

آنگنہٕ مِیانہٕ چھُہ ناگہٕ سے

سہٕ چھاوِہ پانیٔ ببرِہ نے

آنگنہٕ مِیانہٕ چھُہ ناگہٕ سے

کھیٚتُم یہٕ سیرِ یہٕ پڑزُل مے

آنگنہٕ مِیانہٕ چھُہ ناگہٕ سے

---

نوٹ:- یہ وِیگہٕ وَژُن چھُہ نیٚچوِ کھانٛدرس بیٚہِتھ وِیگِس نژنہٕ وِزِ گیونہٕ یِوان۔

# چھکرِ باتھ

کری لولو ژٕہنی کِنی چھم
کری لولو ژٕہنی کِنی چھم
کری لولو بادشاہ باغکی چھم
کری لولو ژٕہنی کِنی چھم
کری لولہ اَچھہ ول نارگکہ چھم
کری لولو ژٕہنی کِنی چھم
کری لولو یمہ ناگرادکی چھم
کری لولو ژٕہنی کِنی چھم
کری لولو ژٕہنی کِنی چھم

# چھکرہ باتھ

یوٹ پیتھ کس ئر گو عالم نائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے
کم کم خانہ کرکر موتن خائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے
یاون یوٹ نے پھیرہ زانہہ بائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے
مائنزہ رنگہ ڈٹھ چھی چشمہ بوہ بٹر کھائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے
حق سبحانس حال کری حائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے
کس گو کس ئر گو کٹس رود خائی
دزہ ورنی نارہ دزہ مائی سیے

# چھکرٕ باتھ

مارہ مَتہ میاسنے اَز وَلو سون

اَمہ وِلِسہ وٕژن یو میون سے

شالہٕ مأر باغس کرسے وتھرون

شامہٕ پُتر پِکھنا سون سے

ذرہ ذرہ تھوٗد تھم چھُم ژِنکہ لون

اَمہ وِلِسہ وٕژن یو میون سے

اَچھ وَلِہٕ اَچھ دارہ لوٗگو گژھون

یاد پاو پِخلاص پژون سے

کوہہ تالہٕ پُتر چھے مالِشہٕ میون

اَمہ وِلِسہ وٕژن یو میون سے

یارہٕ بل کاکنین چھُم سمکھون

چانہٕ پرژھ چھُم آوہٕ لون سے

اَکہ لِٹہٕ پِکھنا دِتہٕ دَرشون

اَمہ وِلِسہ وٕژن یو میون سے

# بٲتھ

چِلم پھُٹِر نم تہ ہے
یہِ چھِم بَبہ لالِنز چِلم
تِمو سند چھِم غم تہ ہے

چِلم پھُٹِر نم تہ ہے
سبزِ بُرِم تماکہ چِلم
سہ رخ کوٗر مس رنگ تہ ہے

چِلم پھُٹِر نمَ تہ ہے
بازرِ اُنِم نوٚی چِلم
وَتی گَیِس رُم تہ ہے

چِلم پھُٹِر نمَ تہ ہے



# چھکرہ باٹھ (ہزل)

ٹزاو وزُھ وا رنج منہ ژلیم ہتوئے
لولہ سان گڑیسی یٹینہ ووئے آو

مہرازہ لالہ یٹیلہ آب لدنہ ووئے
چھوہس آبہ ٹھٹول سیے
وُدہ کنہ زولہ ہس مرژہ وانگن بٹھوئے
لولہ سان گڑیسی یٹینہ ووئے آو

بگہ ورز بالہ پیچھ ووپہس ڈوئے
یارن کڈنس قندہ شربت
پیترہ چھس لاران شابان زژوئے
لولہ سان گڑیسی یٹینہ ووئے آو

زانیانہ وُچھنہ ڈزاو کورہ ہند ہوئے
امہ کھوترہ جان اوس کڑیجوئے
سانہ کورہ شوبہ ہے روبہ منژوئے
لولہ سان گڑیسی یٹینہ ووئے آو

مہارازہ وُچھنہِ دِژ او کورہ ہُند موٗلے
اَمہِ خَتہ تہٕ جان اوس واتوٗلے
سانہِ کورہ شوٗبہٕ ہے خانٕۍ موٗلے
لولہ سان گرِ یسی ییٚنہِ ووٚلے آو

ہارِ شہدوٗپ نوشہِ کُن وعٕنی کرٕے شہہوٗلے
پڑانہِ نعوشہِ میہ جگر زول ییے
اکھ ژُجہ ورہ مل تہٕ بیٚیس مُود موٗلے
لولہ سان گرِ یسی ییٚنہِ ووٚلے آو

## چھکرہ وَژُن

بے گانہٕ مُلکس گژھی زِنوسائلی
بے گانہٕ مُلکس گژھی زِنوسائلی
یَس نہ گو تِمس مہ حال کرسائلی
بے گانہٕ مُلکس گژھی زِنوسائلی
پکو زِنو ہَچہ وَتہٕ کھسی زِنو بائلی
بے گانہٕ مُلکس گژھی زِنوسائلی

# چھکرہ باتھ

بڈ کوری جووت ہاوی لولو
ژاوی زری وار زری وار ژاوی لولو
وچھتہ بھگوانس سمے بیٹیہ رییہ نا
کور لو چھ پوژھ پوشہ ڈینجہ ہورنیہ نا
چھس بعہ پراران دنوہ تی ہاوی لولو
ژاوی زری وار زری وار ژاوی لولو
ہتس روہ بیس چھ گژھان اکھ پھیرن جور
نیرہ کوہ لہ بیٹھ چھلہ وارہ اکھ بتھ کھور
رعونہ داماتہ رنہ لیتھ ناوی لولو
ژاوی زری وار زری وار ژاوی لولو
دسے دی نے جان گو پان شمراو
میوہ گگی پاٹھین کلہ نومراو
دوتہ کرتا سادہ منگہ ناوی لولو
ژاوی زری وار زری وار ژاوی لولو
برہمہ ہتھیایہ کاژن وانژ ہژ چھے

دارِہ برِدِتھ اَندرہ کینہِ تھاوِہ مزہ چھے
اُسر چھہ پزاران دَے رُت ہاوی لولو
تراوی نزی وار نزی وار تراوی لولو

●

گُگُمہِ گُمہِ بچہ گوم لوہی مالے
بانڈ ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
گُگُمہِ گُمہِ بچہ گوم لوہی مالے
کڑون ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
گُگُمہِ گُمہِ بچہ گوم لوہی مالے
بے مہ ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
پہ ختہ گو از اوم لوہی مالے
گُگُمہِ گُمہِ بچہ گوم لوہی مالے
بختہ ڈبہ گاہ پیوم لوہی مالے
گُگُمہِ گُمہِ بچہ گوم لوہی مالے

---

یہ چھکرہ باگھ چھُ تِمہ وِزہ ثمبکھ نارہ پیپھ گیوینہ یِوان یِمہ وِزہ مہرا
ہوٗرِ سالرِن سیتی نیران چھُ۔

# چھکرِ بأتھ

سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے
ڈیکہ لون پیتہٕ کِس کیا مانِہ لُتھ ییے
سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے
شرمِہ سران گوٗے اَمہ گمہٕ وانِہ لُتھ ییے
یور آیکھ دانِہ توٗر پانِہ لُتھ ییے
سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے
بُتھ ژٕیہ وشہ شلان چھےٗ شِشنہ مانِہ لُتھ ییے
سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے
شانِہ بُڈ چھک بجتہ بڈہ کرانِہ لُتھ ییے
سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے
دِل چھُہ دِل پیتہٕ کُنہ وِزہ مانِہ لُتھ ییے
سانِہ وازہ ییے جُمکہ چار دانِہ لُتھ ییے

---

یہ چھکرِ بأتھ چھُہ مہرمُنہٕ ہندِہ وأرِو وانتہ پتہٕ تمبکھ نارِہ پیٹھ گیونہٕ یوان۔

# چھکرٕ باٗتھ

ژھنی سوٗٹ بوٗٹ پٔکی بَنٛز ٹٔنز سیے
چھےٚ مُبارک دوٚیتہٕ ماہ رٔنیٛز سیے
پھوفہٕ جگری مَس مُرش راوہٕ سی
ماسہٕ جگری اِسپند زالہٕ سی
سیٚنٛدہ داتا کری ماہ رینز سیے
چھےٚ مُبارک دوٚیتہٕ ماہ رٔینز سیے
دِوہ گونَس سٕنز لگو کرہ نیے
کنہٕ شژانَس گور لگوٚ پٔرہ نیے
واتہٕ نائگراے ہی مالہٕ رٔنز سیے
چھےٚ مُبارک دوٚیتہٕ ماہ رٔینز سیے
آوَے ماہ رازہٕ سانہٕ اچھ دار سیے
داوہ مالہٕ چھَس ژھٹہٕ شکار سیے
نَژی وِیگس ہٕتَے مِیاگٕز بیٚنز سیے
چھےٚ مُبارک دوٚیتہٕ ماہ رینز سیے

سپچھے مُبارک دوہتہ ماہ رنزیے

لوہتہ پڑاران ژاشپانہٕ چھوِنئے
ٹُونگہٕ ماران ٹالیو کرٛونئے
ماجہ واٚلنجہ ڈٕکھہ تھاو کٔنزیے
سپچھے مُبارک دوہتہ ماہ رنزیے

ببہ راجہ اکہ کھتا بوزتو
گوڈٕ کینژھا بنکس سوزتو
بِنا کڈٕ ہَم بلکُل چھٔنزیے
سپچھے مُبارک دوہتہ ماہ رنزیے

# پاٹھ

سبے مارٕ کتھ پچھے دود

کمِہ سعہ ٔنز کوزیو جود

تاگویزٕ کرٕ ہیٔے رَچھ

ہیمہتھ کہ چھِر وندٔے جان

دزہ مَرٕژٕ مودم دود

کمِہ سعہ ٔنز کوزیو جود

یاونز ژیتر پینزٕ نٔے دود

تتہ بعہ مارٔے پان

متس بعہ کرٔے لود

کمِہ سعہ ٔنز کوزیو جود

بابہ چون چھُ ملک دار

ہیوان باج کشونس

پتزژھ ہی ژیٔہ کتھ چھے دود

کمِہ سعہ ٔنز کوزیو جود

# باٹھ

تن میائی دُزیو تیرے
بیدار گرِشھتو نِندرے
ہا یارہ آہم دُورے
ژُورہ لو یتھم تیر مژگاں
سیریا کھوت ہم پُورے
بیدار گرِشھتو نِندرے
تنہ چھاوہ تھم مُورے
مہتاب چھس پژاران
لکہ وَن نار چھم مُورے
بیدار گرِشھتو نِندرے
ٹوف ہو دِژھتولولرے
رہ پیر سندی سی بدنس
ازلے لون نے پُورے
بیدار گرِشھتو نِندرے

بعہ تہ ہو تیمے تورِی
بیئیتہ یارہ چائی جاسے
وعدہ دِ لھۃ پینو دورسے
بیدار گژھتو نِندرسے

•

## شار (دھزل)

سوزسے سزفہ گیو
تموک دزفہ گیو
اموب کیا گوجان
تمائی کی شودس زنانہ
سے میتے ۔ پیہ
بعہ ہا مارسے پان
معہ ہرسے چھ ہُم
تموک چھپوان
دفہ ہس کیا زینان
کوہ کرہ ہشرسے بلایہ دِمتھ
شرلوہ باگرژو سان

# بآتھ

مُتیو چھانہ بَرتَل زاگہ

چھَسے باغہ یمبرزَل

چھَسے بَندہ چھِہم آغہ

ژسے پیتہ لاگہ ژوہ ژسے داس

واُرلیچ میاُنز گیجُر واُراگہ

چھَسے باغہ یمبرزَل

راشے پیٹھ ژوہ ییلہ آکھ

دریچہ رِکنہ ژوہ اُندرِی ژاکھ

دودسے مایہ کوزنم ژھل

چھَسے باغہ یمبرزَل

طنے لوُپ مُرشِرہتھم

یہ دوُ نتھم مہ بَرَ غم

لاگے داس ژیہ بَرتَل

چھَسے باغہ یمبرزَل

دزِم تَن منہ ہئیو تمُ تاب
وُچھم منہ پانہ سکی ماب
ژہ دُور کاسس دِ ائک مل
چھسے باغہ یِمبرزل
ونہ وی لائِلہ تئ لائِلہ ہئزہ ماجے
عربُکٹ راجے سالس آو
بابے بابے باہ شتھ بابے
برونٹھ ینہ وائلس واینہ دراپے
الھہ داجہ شوُبی باجہ خرابے
عربُکٹ راجے سالس آو
کھیثون کیا دِمہ یو کالنٔ کاجے
دوہ دہ ہر لیہ لاو بئیہ مُتجَن
دوہ د کمہ دِیت یو پری دوہ دہ ماجے
عربُکٹ راجے سالس آو
برونٹھ کنہ تھاوہ برہ برہ تھاجے
لُتھما کھبہ تموہ ژلہ آمہ ناو
چینہ ہو دِژہ مے شئیہ ترسہ ناجے

طاقچن بوہ تچہ نتہ ولنجن زریے
بُلبُل گُل درخ پرزسیے آو

ونسہ چانہ ناو اوس راجہ دوخترسیے
فورج چھس تورہ تے یور کیا آو

نوشتہ لکھہ تے بنیہ ماشٹرسیے
بُلبُل گُل درخ پرزسیے آو

بارنچو اسہ ورنی ہتے ہی تھرسیے
کمرسنا باغوانی بھیرنے گوہ ڈ

کرِیکھ چانی بوزہم گامہ شہرسیے
بلبُل گُل درخ پرزسیے آو

پوشہ مادانن ہنز ہی رنگہ زرسیے
ژندن کجہ بیٹھ زہی اولاہ ییر

زالہ لگو عاشق امی والہ برسیے
بُلبُل گُل درخ پرزسیے آو

بالا درہ پچھے رنگ گرزی گرسیے
ژندنوی دارہ برتھ داشتوی ہنگ

ناگَن لاگِتھ سام گرٕی گرٕی یے

بُلبُل گُل درخ پرٕی یے آو

نورُک پرتَو پیوٚ آسمانٕی

پایہِ بوٚڈ شاہِ جیلانی آو

حضرت سون اوس اورہ یوانی

یورہ دژایہ حوٗرہ وینزوانی یے

نوٗرہ چیوٚ چشمو خوٗن ہارانی

پایہِ بوٚڈ شاہِ جیلانی آو

بچہ ہُند ییٚنہِ وول دژاو روانی

اَز لیوٚ واوَن پھیٚرِس ناو

باہ وُرِہی وائِتھ پیرہ پژارانی

پایہِ بوٚڈ شاہِ جیلانی آو

بُڈہٕ مائجی کیازِ ژھکٕ نالہ دوانی

پوٚترٕ دادہ اوٚش ژراوانی بُجس

ژھانڈنہ آیس چانہِ آستانی

پایہِ بوٚڈ شاہِ جیلانی آو

دِل مِیون شیشہ خانہ گوٗز ژھِنہٕ پھٕٹرِ نیے

ژیہ کیازِ ترٛاوُتھ یُن سے یور

کشیرِ سے سکوٗلَن ویُتے موٗن نیے

اور ما وُچھوون لٕڑکاہ مِیون

مَرٕتھ چھِس مَرٕتھ گرٕ کلہٕ دنہ دٕاہ فوٗن سیے

ژیہ کیازِ ترٛاوُتھ یُن سے یور

فُرانہ چوٗن چھُم حوٗرن ژھایے

دلہٕ قورانک آسیے بوز

یُز مَنَن لَرہٕ لَزہٕ مدینس ژھایے

ژٕندوِی کرٕہ نَس دارہٕ تہٕ بَر

صوفَن میمبہٕ تہٕ گرٕسین داسیے

دلہٕ قورانک آسیے بوز

عرشہ وٕوتھ قُرآن بیٹھ قلمدانے

کَس دیٚدہٕ قُرآن خانے زاو

بین پنیرٕ اوٚن یو قرآن پاسے

پران چھک لہ کٹے جاناتے
اندر اندر ژایژ یا عجز منز باگ یانے
کس دیدہ قرآن خانے زاو

دیدہ پننہ اون یہ قرآن پانے
شوقہ پر اسہ ونہ متانے
علمچہ زژہ چھے تتہ ندوتانے
کس دیدہ قرآن خانے زاو

●

لا الٰہ الا اللہ سرتو پانس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنس

جانن جان ونہ یو آمس جانانس
ماہ رازہ محلون خانس ژسے
لعبتہ لعبتہ بسرکہ ژاو منز گلستانس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنس

حضرت بلہ کس تس جانانس

تس نبوت اوسے شانُن مُنز
زاہہ تہ نےَ سیَودُ وچھ تمو اسمانَس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنَس

حضرت خدیجہ ڈرایہ مأدانَس
بخشِن لوُکن موہرہ تہ رِیار
بخشُن گرِڈھ اُمتس اده بیٹہ پانس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنَس

حضرتِ فاطمہ ڈرایہ مأدانَس
دُردانہ مِیاُنی مارتہ آسیے
کربلا یاد روزہ ابد ابدانَس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنَس

حضرت علیؑ یَس تَس پہلوانَس
ذوُالفقار اَسِیس اَتھسی مُنز
جنگ کوژُن خأبرس گُفرستانَس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنَس

●

دُلدُلس کھَسِتھ سَپُد سوارِی
جنگ کوّرشیرِ جبارِی سیے
خوچہ یارہ بلہٕ پچھَے نادہٕ تیارِی
حضرت بلہٕ پچھُے سون سردار
دیدار تِمُی شند کا سِم خاکِرِی
جنگ کوّرشیرِ جبارِی سیے

●

دَچھہ رأنہٕ کھرُشے کوہِ بیابانس
اسہِ دامانَس زژِی یہ تہٕ دوو

یژے مَنتَس تخت شاہانَس
بخشس تہِنزِ کُس کرِہ مان
عرشہ ووّلتھ لالہ مرشھ گنڈِہ پانَس
اسہِ دامانس زژِی یہ تہٕ دوو

لاگہ ہِنڈِہ داتنہٕ اُتھ آستانَس
اَندی اَندی سایبان گنڈِنے آے

وارہ پھٲلِ نوٚوِ پوش اُکرِ ہی آنس
اَسہِ داماںس زَرِی یہٕ ترٕ دوو

یِٔر مِن باگِی اَتھہ روبہٕ خانس
افسر ترٕ لیڈر ییٚہ نے آیے
زونہ چھے شوٗبان چوٗنہٕ سامانس
اسہِ داماںس زَرِی یہٕ ترٕ دوو

ماہ رازہ لالہٕ نس تخت روانس
لال سوٚن، چوٗنہٕ تے موختہ جُرِی جُرِی
بختہ بُڈی نکھہٕ چھہٕ دِلتھ موختہ ذاتیس
اَسہِ داماںس زَرِی یہٕ ترٕ دوو

اَکھ لچھہٕ لگہٕ سیتھ مجلوٗن خانس
پرگنہٕ سنتھ چھس ہوورِ پک تایے
گرٕس چھس گونڈ تے تاج چھس پانس
اَسہِ داماںس زَرِی ترٕ دوو

رَسہٕ رَسہٕ رَس لوٗگ تَس لالَس تے
گرٛشہتےَ وِیسرِیے وۄن دِوان

حاکِم لاگِتھ پھیرہٕ جنگلَس تے
فقیر لاگِتھ آنگن ژاو
کَس پزِیزہٕ ناوِہ تَس غارٕ زانَس تے
گرٛشہتےَ وِیسرِیے وۄن دِوان

اَچھ وَلہٕ کرٕ کرٕ مَس اچھر پوشہ دَستےَ
آلوَ دِہی دِہی توتہٕ ما آم
ازلَن لاجی تَس گِرداٮ۪س تے
گرٛشہتےَ وِیسرِیے وۄن دِوان

پائِنیر وَتہٕ بیہِتھ زاگہٕ روزَس تے
دیوہٕ ییہٕ یوکُن پھیرِہ تَس ماے
دِیہٕ نادرشُن پھیرہٕ ہم حِس تے
گرٛشہتےَ وِیسرِیے وۄن دِوان

امرا کڈلہٕ کس بازارس تے
صُبح شام روزس وَترٕ گُچھان
برأنٛہہ پیٚٹھہ رُوزس وِہرٕ کیا تس تے
گرٕ ژھتے وئسی ییے دوٗن دوان

•

یار گوسے پونپرٕ وَتے
کونگہٕ پوشوٗ روٗٹ نالہٕ مَتے
سہٕ چھہ تتہٕ تہٕ بہٕ چھس یتے
بار ہاٗ رچھو بوز میاٚنی زأری

•

سٕتھہٕ چھی ہنٛزرہ تہٕ اکس گروٗ جی
نام شُلہٕ وُن دوہ دِہ ماٗجی یے

یہٕ ہے چھس ییٚنے ماجہ ہنٛز واٗجی
اَتھہ ہے چھس لیکھتھ الف لام
عربی پرنس لجُس نے ماجی
نام شُلہٕ وُن دوہ دِہ ماٗجی یے

ہاڑی یے یورکنٗ وَتھ کمیٔ لاٗجی

ازلہ لون اندوند زورا دار

بابن سوزیے سعہنڑ سنز داٗجی

تام شلہڑوٗن دوہ دہڑ ماٗجی سے

# وَنہٕ وُن باٗتھ

دیوانخانَس وَلتھرُن گوژھہ سیٚے

از ییٚیہِ لُچھہ نوو پوژھیٚے سون

اَسہ ییٚیہِ نورالدین صاٗب از پوژھیٚے

گُچھہ کُنہ ٹھ اُسی کرو سس اُچھہ وَلتھرون

روزہٕ نا سابقاہ دِمہٕ ہوٚس کوژھیٚے

از ییٚیہِ لُچھہ نوو پوژھیٚے سون

حضرت بلہٕ اَسہ دیدار گوژھیٚے

دُچھورنے دارِہ تَل اُسی ژاران

دِل سنٛبہ لادون یہِ چھُہ یژھہ اوژھیٚے

از ییٚیہِ لُچھہ نوو پوژھیٚے سون

از ییٚیہِ شاہِ ہمدان اَسہ پوژھیٚے

شیرہٕ شیٚے سونٔے اَز لٔے لون

ییٚلہِ ییٚیہِ ییٚلہِ تَس من ویٚسو پوژھیٚے

اَز ییٚیہِ لُچھہ نوو پوژھیٚے سون

---

نوٹ:- یہ باٗتھ چھُہ پران مہرازٕہ ییٚنہٕ وِزہٕ وَنہٕ وُنہٕ ۔ پابند تہٕ مسلسل آسنہٕ کنہٕ کوٚز مہ یہ یتھہ جصوٕ منٛز شاٗمِل۔

شوقہ سان ونہ ووسے تازہ بتانڑے
اُسہ ڈُن سون ماہ رانڑے آو

لائہ ہشرہ ڈیڈہ تلہ گئہ آوانڑے
کارہ نشہ گُن مجلون ہئے آو

کیتو گیہ لتہ معہ نجہ مجلون تانڑے
اُسہ ڈُن سون مہرانڑے آو

کمہ شہارڑے آکھ شاہ بانڑے
حقہ سہی ہنہ نس ژکھ تہ دہی تڑاو

لیہ زٹھ محمد روز پاک بانڑے
اُسہ ڈُن سون ماہ رانڑے آو

سالرین کالہ کاچ گڑھ ہیتون جانڑے
ژورہ مشالہ ہینہ ودال ہہتھ آسے

بشتہ باغ وتھر دے وچھتہ اندازے
اسہ وُن سون ماہ رازے آو

تمہ شبہ نبر کنہ گیہ آوازے
ملکو تہٕ فلکو کوٗت نور چاو

جنتس ترأوِکھ وُتھر دروازے
اسہ وُن سون ماہ رازے آو

سُدرس منز ما بوہ ڈُہ جہازے
پیرہ روٗس پیرہ گژھ دردُری یاو

بیرس سیدس محرم رازے
اسہ وُن سون ماہ رازے آو

تل پاتالکہ شاہ یُندرازے
جگرس ستہ چھم چوٗنے ناو

ژھانڈتھو رُوم و شام شہرٕ گمرانٔے
اَسہٕ وُن سون ماہ رازٕنٔے آو

لولچہٕ تاوِہ تَل جگرٕ کہٕ مازے
یَڑھ تٔے پَڑھ سان تی گژراو

عاشقو دِی ترٛاو اَتھہٕ پیہٕ بازٕنٔے
اَسہٕ وُن سون ماہ رازٕنٔے آو

نوٹ :- یہٕ بٲتھ چھےٚ وَنہٕ ورٛیس منٛز مہرازہ پینہٕ ورٛزہ وَننہٕ یوان
مسلسل تہٕ باقاعدہ تہٕ پابند آسنہٕ کنٛز کوٚر مے یہ یٔتھ حصس منٛز شامِل۔

•

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
رٕوشتھ مینہ ژٕلمٕ غوصہ طالہٕ کیا گوم تس تے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
آ غنس ینیس ناگہٕ رادس پیپھ زاگس تے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
دٕیہ مادرشٕ شیرٕ گوہ لاب ہی اٰگس تے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
منز وٕتہٕ بیٚیہ تمٕ ترٕ ترہ بونین ہوا ستے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
یٚتھ نوٕ گرٚشھم شترٕ گیلٕن چھن سکیس تے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
ستمگارس بے عارس بال ژٕارس تے

گرٚشھتے وٕیسی یے یار اَنتن اَستے اَستے
ژٕاگٕرِتھ مینہ ژٕلمٕ بال وٕتہٕ بیپھ کتہٕ ژٕار ستے

گرشھتےَ ویسری یے یارَ انتن اَستےَ اَستےَ

وُچھتو کیا گوُ شیریں پُتھ فرہادس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اَستےَ اُستےَ

ٹونگ تالہِ لوئیں پان مورُن پننے دَستےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اَستےَ اَستےَ

وُچھتےَ کیا گوَ لائلہِ پتے مجنونس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اَستےَ اَستےَ

جنگل ہارُ دِ ٹھتمُ ہیوُھڑ کھسّتھ ہیچھڑ نجدس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اَستےَ اَستےَ

وُچھ تو کیا گوہی مالہِ پچھ ناگو رایس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اُستےَ اَستےَ

ڈُونگ دہتھ زوال تے دودہ کوئنڈہ منز کرپاتا لستےَ

گرشھتےَ ویسری یے یار انتن اُستےَ اُستےَ

وُچھتو کیا گوَ زیبایہ پچھ نگارس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یارَ انتن اَستےَ اَستےَ

بالون تہ ترا گون، ناگی رادن وُنی دِتی نس تےَ

گرشھتےَ ویسری یے یارَ انتن اَستےَ اَستےَ

●

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو
ٹنگہ پوشن گیوٗمے یورنے آو

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو
لولہ گوشن گیوٗمے یورنے آو

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو
روز روشن گیوٗمے یورنے آو

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو
یورہ گوشن گیوٗمے یورنے آو

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو
ژٕہنہٕ پوشن گیوٗمے یورنے آو

مؤت ہے پوشن گیوٗمے یورنے آو

●

•

وَلےَ ترٛٲوٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
گرٛزِھ وَسے چھاوِنہٕ شالہ مار ڈل تہٕ لولو

وَلےَ ترٛٲوٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
نبی صابنہٕ وَسو یادٕ بل تہٕ لولو

وَلےَ ترٛٲوٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
تَتہٕ بیٹھہ موٗ وُچھنہٕ دارٕ تَل تہٕ لولو

اَسہ پانس ژٕلہٕ گانگل تہٕ لولو
وَسلےَ ترٛٲوٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

ژٕنارٕ برٕسوارٕ گرٛزِھو پیدل تہٕ لولو
وَلےَ ترٛٲوٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

سأد صائبہٕ دِدرِہ تہٕ جل تہٕ لولو
وَلےٚ ترٕہ وَے حضرت بل تہٕ لولو

دِلہٕ اُتھس ژُلہٕ تَتہٕ مَل تہٕ لولو
وَلےٚ ترَہ وَے حضرت بل تہٕ لولو

راز دِلہ گےُ پیہٕ بامل تہٕ لولو
وَلےٚ ترَہ وَے حضرت بل تہٕ لولو

تَتہٕ وَکھرِتھ فرشِ مخمل تہٕ لولو
وَلے ترہ وَے حضرت بل تہٕ لولو





لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

موہ نختہ ہار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

پوہ خستہ کار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

ڈول دار ہے اوشم دوہ دہ مائجے لولو

لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو

نقش دار ہے اوشم دوہ دہ مائجے لولو

لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائجے لولو



●

زُون گٔیہ اَڈبرس ژھایے لولو ژھایے لولو
دُورن چھےٚ ماران گڑایے لولو گڑایے لولو

اَتھ ہیٚے ناگہٕ رادس لارٕبۄل وۄمٕسے لارٕبۄل وۄمٕسے
پانہٕ رۄس دانہٕ گوم زایے لولو زایے لولو

اَتھ ہیٚے کیٚسہٕ ڈارس کیٚسا وۄمٕسے کیٚسا وۄمٕسے
دَف تٔسے یورِ پیٚیہ نلیے لولو پیٚیہ نایے لولو

اَتھ ہیٚے ویرِ وارس ویرِ یٔن وۄل مٕسے ویرِ یٔن وۄل مٕسے
شُرکہٕ پان کوٗرٕنٔے ہایے لولو ہایے لولو

---

نوٹ :- یہ روٗد چھُ مُلکہٕ باقی ہندس گوڈنکس جلدس منز تہٕ شامِل، مگر تتہٕ چھ یِمچ وَکھنے بدل۔

•

در زمین صورت شڑپان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

ماجہ کورین چھہ جُدائی گڑھان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

در زمین صورت شڑپان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

بائے بازمین چھہ جدائی گڑھان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

در زمین صورت شڑپان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

مائے پُترن چھہ جُدائی گڑھان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

در زمین صورت شڑپان

چھنہٕ میلان دُبارہ تے

مُسلہِ پھوٚل یاوُن میٖون رُگہ ڈُرا

سَن دِلتھ گوم سُنٕز ژُورا اوس

یاوُن میٖون اوس ببرے ڈُورا

ڈوٚلھ کھعہ بتہٕ کرُوٹھ پیوم ورزن واد

یادٕ بیلہِ چھُم پیوان چھُم گرٕھان سُورا

سَن دِلتھ گوم سُنٕز ژُورا اوس

یاوُن میٖون اوس سعہ بتہٕ کنہٕ دُورا

نازنین پانَس گرایہ ماران

دوہ تارہ کھعہ بتہٕ منٕز کوٚرُس گوٚرہ گورا

سَن دِلتھ گوم سُنٕز ژُورا اوس

یاوُن میٖون اوس تیز تندُورا

نارہ وُزہ ملہِ رنی خارہ تھاوان

جوٚش بیلہِ سوریوس پتھ موٚژیوس سُورا

سَن دِلتھ گوم سُنٕز ژُورا اوس

یاوُن میون اوس کالہِ بوٚمبوُرا

تھرہ پیٹھ چمنن گژایہ ماران

نہ چھُ کُنہ یاوُن نہ چھُ کُنہِ نوُرا

سَن دِلتھ گوم سُنٕز ژُورا اوس



مونختہ ہارس چھوٚنہٕ گرٕ وَسے

زوٗنہٕ کرٕ وَسے روٗوِیے

بأسے راجُن باغ ترٕ وَسے

تتہٕ پوشَن چھلیا

یأژ پانس لول برٕ ہَسے

زوٗنہٕ کرٕ وَسے روٗوِیے

ببہ لالُن باغ ترٕ وَسے

تَتہٕ وُچھتھ کمخاب

وِگنہٕ وَنہٕ وُن کونہٕ کرٕ وَسے

زوٗنہٕ کرٕ وَسے روٗوِیے

ڈل ساکس ناوِ ترٕ وَسے

باغ نشاط وُچھنے

شالہٕ مارمنز پیالہ برٕ ہَسے

زوٗنہٕ کرٕ وَسے روٗوِیے



باغ وَسہ دَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو
تور وَسہ وَے لالنہ ویرِ لولو

باغ وَسہ وَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو
بارہ موٚت دپوہ یمہ وَتہ پھیرِ لولو

باغ وَسہ دَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو
سرٕ تِہہ میثون تَس منہ ماپھیرِ لولو

باغ وَسہ وَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو
وَلے پھیرِ شَے ڈٗنجہ تے بیرِ لولو

باغ وَسہ وَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو
نیری پوش ہے لاگس شیرِ لولو

باغ وَسہ وَے خوٗبنٛز ژیرِ لولو

●

گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل
گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل

اوره پیه ببه راجه ډیه مے دلاسه
گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل

وَسه وَے ټینډه تړ کهَسه وَے نیاسه
گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل

پوشه کس بب اٹج پوه فرتے جاسه
گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل

بهٔون کډی هامه تړ ژاوِیل ګاسه
گنډوَے ګلاسه ګلَه نهی تَل

●

بۄ کچہٕ گنٛزِوم ہلہٕ گنٛڈِتھ خنجرس تےٚ
بوے ہے آیوم دارہٕ ژٕٹِتھ پنجرس تےٚ

بۄ کچہٕ گنٛزِوم ہلہٕ گنٛڈِتھ خنجرس تےٚ
آدن یارس شامہ ژھاین بۄ پرارس تےٚ

بۄ کچہٕ گنٛزِوم ہلہٕ گنٛڈِتھ خنجرس تےٚ
بأ لی ژٕہ وَنتے واتہٕ کرِتھ شہارس تےٚ

بۄ کچہٕ گنٛزِوم ہلہٕ گنٛڈِتھ خنجرس تےٚ
مٔنز ناگہ رادَن پوشہٕ پھُلی رمتہٕ بہارس تےٚ

بۄ کچہٕ گنٛزِوم ہلہٕ گنٛڈِتھ خنجرس تےٚ

●

وَنہٕ سی وٕیسرِیے کیا مےٚ رۄٹھم غُبارہ تےٚ
ییٚلہِ بہٕ مَرس تیٚلہِ میلوٚ نہٕ دُبارہ تےٚ

وَنہٕ سی وٕیسرِیے کیا مےٚ رۄٹھم غُبارہ تےٚ
رُژرشتھ سہٕ بیوٚٹھم دُورہ گژھتھ شہارہ تےٚ

وَنہٕ سی وٕیسرِیے کیا مےٚ رۄٹھم غُبارہ تےٚ
مَنہٕ وِتھ ژٕہ اَنتھ روشہٕ پأٹھن قرارہ تےٚ

وَنہٕ سی وٕیسرِیے کیا مےٚ رۄٹھم غُبارہ تےٚ
تیٚلہِ سہٕ پیا ییٚلہِ آسس مزارہ تےٚ

وَنہٕ سی وٕیسرِیے کیا مےٚ رۄٹھم غُبارہ تےٚ
ییٚلہِ بہٕ مَرس تیٚلہِ میلوٚ نہٕ دُبارہ تےٚ

•

شترشہ نی شترشہ نی گرشنڈس

(١) اُکرسی زنڈس

پشداہ ۔ پُچھ

•

منز باگ سَرس

(٢) دزان نار

•

ہیرہ ووتھہ ہمنگن

(٣) بعہ تہ ہیوتن ژہ نگن

•

شال ژاو گوہ پچھ

(٤) لوٹ رُودُس نوٗ نے

•

باٰس ییہٹھ ہور کاو

(٥) کران ٹاو ٹاو

•

وُڈرِ میانہ گُڈرُ پکھ

(٦) یادرم گامہ پُچھ

نتہ چھُے پیتہ یکچھ

•

ہیرہ وولُم بوٗرس رٹتھہ

وَتہ روٗتُم شامہ طوطہ رنہ

(٧) تمہ درتہ ڈنگ تے مہ دوپ پھوٹ

وَتے روٹ واسکن[۱]

●

سرَوخہ تَے سراہ بوڈِ ڈے

(۸) ہُنزِ بس واتہس نزٕ تیل پھول اوڈے

●

ٹھَپ ٹھَپ کرہ وُن دَے چھکھو

(۹) ٹاکی چھے شِستر کھار چھکھو

اَندی اَندی مال چھے جوگی چھکھو

پتہ کنہ یٹ چھے کراں چھکھو

●

زٕہ ڈاجہ ڈِجس

(۱۰) زٕہ واٹس

ژور دَپان ترو ترو

اَکھ چھُہ دَپان گوس

●

(۱۱) سہ شِنزٕ شِنزہ کینز ے رنہ پہ شند ٹھان
یُس تہتہ تُلے سہ پہلوان

●

شُورہ لیِنجہ گُورہ گُورہ

(۱۲) کاجہ وَٹس کِتہ کِتہ

[۱] سرف

رجہ گبہ ژہپہ پچھ

(۱۳) یا رِم گاہہ پچھ

گوڈہ چھس نوّن کچھ

●

اینٹ نہیں

(۱۴) پھینٹ نہیں

زنگہ ژور تہ

لٹ نہیں

●

اُری اُری وُژ ھکھے ہار پد ماُنی

(۱۵) تھوّد تُلیتھ کوڈے دَب

●

بالس پیٹھ نارہ

(۱۶) ٹوک وُہان

●

ہوّچھی مژ کہ کراہ

(۱۷) ڈھوُل تژاوان

•

ہوٗل گٕنڈِتھ بیٹھ

(۱۸) نژان

•

کُچھِ ہنا چھم کُچھِ ہنا چھم

(۱۹) سو سے چھم نہ یوان

بُرکر رٕتھی زانٕہہ

•

کُچھِ ہنا چھم

(۲۰) کُچھِ ہنا چھم

تِتھ چھم واتان

اَکی کھار

•

اورہ آیہ ہٕٹ

(۲۱) تاف ڈیشتھ

پھٹ

•

ژور تران

(۲۲) اکھ ییران

(۲۳)

چھُہ کہہ لہ آب

چھُہ کہہ لہ ٹوُنچ

چھُپنہ کہہ لہ آب

ہُود کہہ لہ ٹوُنچ

(۲۴)

ہَپُور گُرُس زَ چھُو زین

تَہہ کُس کھَسے محی الدین

محی الدین - آنگن

ڈ اسے مَرزِہ وانگن

محی الدین مورکھ

ڈانگن - ہَل

(۲۵)

درگیا

دربار گیا

آب ڈیشھ

مرگیا

(۲۶)

ارکھ تون جانور

درختن پہ رہائی

بچہ کاڑشی سیٹھاہ کران
تیمن بچہاہ نہ دِوانِی

●

(۲۷) چینی پیالے
آبِ وُزنگ

●

(۲۸) جایا لُزم فداوار
تھوّد ٹیلِھتہ لوڑی نار

●

(۲۹) ٹُلم تلی تلاوِہ تلی
مہراج صاب بزیِم گُرگر ژلی

●

(۳۰) ٹلی ٹلی علی خان
پادشاہن لُٹاوان

●

(۳۱) چیزاہ چھُم
چیزاہ چھُم
گاشُس سیتہ
ہکان چھُم

●

پچیزاہ پچیزاہ

(۳۲) راتَس دوہہَس

پکاُنِ

●

اُتِ زاو

(۳۳) اُتِ کھوت

اَسمانَس

●

وَنَس منز زِیُوٹھ

(۳۴) کُس

نتہٕ - ژھوٹ

کُس

●

ٹنڈِس پیٹھ تے

(۳۵) ٹنڈِس لیجہِ زیر

کوٗبُل - قندہار

ملکِ کشمیر

●

ژھونٹھے موٗتے قداوار

(۳۶) کژناکھا لایان زوراوار

•

ناگہ ہنا چھم
ناگہ ہنا چھم
تتھ چھم اندر اندر (۳۷)
زاوِچ پے

•

تھزرہ پیھٹے نظر تراوم
بوہ سرس تر پٹس
موختہ ہارس داو ژھینم (۳۸)
پھول روودم بادہ کس

•

ٹنڈس بیھ ٹنڈہ
کران گرنڈہ گرنڈہ (۳۹)

•

سر ہوکھ تہ
(۴۰)
پینرشہ کاکنی معہ یہ

•

یکے دیدم جانوارے
دریا کنارے بیٹھا ہے (۴۱)

جسکی تونت طلا کا رے
دُم سے پانی پیتا ہے

●

ہیترہ وڈلئ جندڑہ موٹت
جندڑہ ٹراٗوِتھ
باہ ششتھ لکھ (۲۴)
ژرھنس تنبہ لاٗوِتھ

●

اَڈگرَ مامنہ
ڈوڈگرَ پُوژ (۳۴)

●

بیرے بیرے
باہ ساس بیرے
بیرے اکہ ہنزہ
گگراہ ڈراو
گگرس پتہ پتہ
باہ ساس پوتے

پُوتس تہٕ پُوتاہ زاو

●

ہیرہٕ وۆتھ اکھا

بُتھ کرِتھ ترٛہ یکھا (۳۵)

●

پکےٚ زورہٕ پھُٹان بَر

اَژان شَدرہٕ بیٹھین وٹھَر

گُلین تہٕ کٹین اَژان دَر (۳۶)

دوہس تہٕ راتس پکان چھُے

اُمس تہٕ پنُن ژہٕ ناو کر

●

ییتہٕ گیس وَن تہٕ لوٚبُم

اَتھ لوگ مَس تَشتَر وۆتھُم (۳۷)

للہٕ دان للہٕ دان گرہٕ واتنوُم

●

ژہٕ بِھرَس

ژہٕ کھنڈس (۳۸)

زہ آکاشہ

پیندٕس

اَکھ دٔیان

پٹیوس پٹیوس

●

واتٕل کُٹٕس

سمہ شٕنڈ (۴۹)

ٹیٹھک

●

سوہتو پنڈٕس طایچس

رمہ پیٹر سرشنزہ انچے

اُپرہ دوپ زیرے (۵۰)

ریمہ کمُو گنجے

●

پچھٕر پیپٹے ہاڑیے

پٹس پیپھٕر کھُرشے (۵۱)

موہ نختہ یڈاہ بجرسے

•

چھتس ٹبھٹس

کرپھنز کاوٗ

(۵۲) رتهمے کران

ٹاو ٹاو

•

ہکرہ ٹبنہ گگرٗ ژاو

(۵۳) ہپتھ کیا آو

تر کھپتھ کیا ڈراو

•

اٹنگر پٹنگر

(۵۴) ترژیہ اٗس

داہ زنگر

•

بٹھو تکی کھنٹ

(۵۵) کاوٗ

ژلان چھم

•

# پڑہرشٔن ہنڈ معنے

| شمار | معنے | شمار | معنے |
|---|---|---|---|
| ۱ | تیل گُل | ۱۳ | پرٹِنُ |
| ۲ | سماوار | ۱۴ | ناو |
| ۳ | پِیشِس | ۱۵ | فس ڈِرنیتو |
| ۴ | کڑوژھ | ۱۶ | چلِم |
| ۵ | ڈُومب | ۱۷ | کاڈی ئیندر |
| ۶ | مَس | ۱۸ | گڑیٹہ |
| ۷ | آب کھارنک طول | ۱۹ | یڈ |
| ۸ | موہر | ۲۰ | بادم یا ئیپہ کاٹھہ اُنٹ |
| ۹ | گڑیٹہ | ۲۱ | ٹُل کتُر |
| ۱۰ | دانده ہور تہ دانده وول آرس تران۔ | ۲۲ | چاروو ے آرس ٹران |
| ۱۱ | زُون | ۲۳ | ژونگ |
| ۱۲ | قُلُف | ۲۴ | کیپر دوره |
| | | ۲۵ | کاکُد |

| شمار | معنے |
|---|---|
| ۲۶ | گاڈ |
| ۲۷ | ٹھُول |
| ۲۸ | دستار |
| ۲۹ | گُرن ، گاڈہ |
| ۳۰ | گگرُ |
| ۳۱ | ژھاے |
| ۳۲ | کھول ، آرہ |
| ۳۳ | دُہ |
| ۳۴ | دُہ تر کنہ ریگچ |
| ۳۵ | بُنیئل |
| ۳۶ | ہُون |
| ۳۷ | اُچھد |
| ۳۸ | داں ہیول |
| ۳۹ | بُنیئل |
| ۴۰ | ژونگ |

| شمار | معنے |
|---|---|
| ۴۱ | ژونگ |
| ۴۲ | ڈُون |
| ۴۳ | سیرژن |
| ۴۴ | داں ہیول |
| ۴۵ | گوہلر دار ڈُون |
| ۴۶ | داو |
| ۴۷ | میشر ریو کونڈ |
| ۴۸ | گاو |
| ۴۹ | ژونگ |
| ۵۰ | کشہ ھچ |
| ۵۱ | بھتہ کھیون |
| ۵۲ | لیکھتی کاکڑ |
| ۵۳ | لبنتر |
| ۵۴ | داندہ دول تر داندہ ہور |
| ۵۵ | ددرہ |

# گرِہ پیٹھ گرٕھُن

کیا گوم پانو کیا بُنِتھ آو
گرِہ پیٹھ گرٕھنگ ہیٚژنو ناو

وائِلتھ دِیُت ہمَ دال بوراہ
دوٚگ دِوان منز اُتھٔن ووٚتھ کرِو راہ

نصیف رائژ تام سُے منز دلہِ ژراو
گرِہ پیٹھ گرٕھنگ ہیٚژنو ناو

اَجبہ رائژ ژراویم نِندرِہ زولے
ہیٚہرَن گرٕکھ دِرٕشم وُرنہ تلَے

تھوٚد دوہ بتہ بے وقوٗفہ ڈیپہ آو
گرِہ پیٹھ گرٕھنگُن ہیٚژنو ناو

ہُش کیا اُسم خوش کلام
اکھ طبر تٔف تٔس نیرِتھ آم

یَتش دِیُو لگِہ یو غش کھٕٹِر آو
گرِہ پیٹھ گرٕھنگ ہیٚژنو ناو

دۆہے دۆہَس لوگ مَس ژِکہٕ سارے
گرُ اوس گگگت بے گارے

کھیٚنہٕ کرِ کتہٕ بنہٕ اکھ بتہٕ پاد
گرِہ پیٹھ گرٛھنگ ہیٚہ زٕنو ناو

شہرِ پیٹھٕ نابد بور کھورُم
گُنٹِس ہَنٛز قہوٕ ہَشہٕ واتہٕ نوٗم
پھوٗٹ کیا کوٗر مَس باچپکہٕ چاد
گرِہ پیٹھ گرٛھنگ ہیٚہ زٕنو ناو

اکرِ مہٕ اَٹھ تہٕ کھ کرِنہٕ نوٗدٕ کھ
ٹُنڈہٕ بٹہٕ سورُے مُکہٕ ہیٚوٗکھ
تَتھ دٔراکھ ہفتا تہٕ پتہٕ پیٚوکھ واو
گرِہ پیٹھ گرٛھنگ ہیٚہ زٕنو ناو

حساباہ کوٗر ہیٚے پنٛجاٹھو
سورُے حساب ختمہٕ گو
آخرٕ اکرَس باقی دٔراو
گرِہ پیٹھ گرٛھنگ ہیٚہ زٕنو ناو

# سٔہلاب

کار کوٗر نےٚ ذاتِ پاکَن وارہ تھاوِو تۄ کَن
یَتھ کشیرِ مار کاٚتیاہ کرٕ سٔہلابَن

وادِہ اوسےٚ برسوارِے اوس جُمہکُ شب
رُدِہ کنٕے خوٗن وۄتھے اوس خلقَن تَب

کُل حضرات آیہ وٕسِتھ پانہٕ دِژ ہےٚ تَن
یَتھ کشیرِ مار کاٚتیاہ کرٕ سٔہلابَن

مار دائی انت ناگن پیٚلہِ مارِن ژھۄہ
یوره وۄنُس زٕنبہٕ آرَن سیتہٕ شوٗبے بۄ

کمہٕ منٛدورہ رنگہٕ بُنگلےٚ داگِتھ دِتِن بجن
یَتھ کشیرِ مار کاٚتیاہ کرٕ سٔہلابَن

ہِلہٕ کوٗرنےٚ آب دیہ وَن ہرِی بازر ژاو
فکہٕ کرِن شہرٕ خاصَس وارہ کٔڈس تاو

نوٗر باغَس مرزِہ دانگَن نین ڈُوِتھ زَن
یَتھ کشیرِ مار کاٚتیاہ کرٕ سٔہلابَن

یورہ دوٗنُن امراکدِرُس ہم کو جگہ چھوڑ
تورہ دوٗن نَس ہُتھ پھیرِتھ ریختگ چھُم زور
حکمت بوہ ہیور کھارَے آب تراوَے بون
یتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرِی سہلابن
دبہٕ وبیَ حبرٕ کدِرُس لاُجونَے کہٕنی
مُکہٕ معہ نجے پرٕاکنس پیچھ واتیا ژہنی
رزی ڈنڈی پان مورُسے لگہٕ کتین ژھین
یتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرِی سہلابن
ننگل آیہ دوران ہُتسرِتس سوار
کران مالہ سنگارس لارہٕ لار
نہ نفاٗون وَرتھی کانہہ نہ کانہہ اُنکہٕ وَان
یتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرِی سہلابن
دوٗپُن کھوہ یہ ہاٗمس بوہ تارتھ اپور
وصالت امیری سُہ تژدوٗن اپور
گوہمت آب سٔرِی پیتھی بوٗڈِتھ ماٗتہٕ کھوین
یتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرِی سہلابن

# روگردان گوبرٕ

ہَش گیہ پرزن نوشِ خماندار
مول مأج گوبرس گوبے زار

سب تہٕ رَب گیہ برو بر
کٔس مُژرادی سبے بوجکُ بر

گوبرٕ گرِہ رُوڈُے بَب لوگ لار
مول مأج گوبرس گوبے زار

گوٗنس چھُنہٕ زِٹھ شُر کتھ بوزان
گوبرٕ پچھے مأرس کامہ سوزان

"ہعہ" ہئے تھٕچہِ داراہ ڈیڈی بتہٕ پھیار
مول مأج گوبرس گوبے زار

ہیہرن نوشہِ موٗنگ کانگرِہ نار
بابہ جوٗ کوٗر نیہ بادِ بُخار

سیر کھیہ مہٕ بتیون تۓ ژبہ روزی لار
مول مأج گوبرس گوبے زار

گوٚبرٕ ووٚتھ ماجہ کُن ژٹہٕ ہیٚے نس
ژیٚہ ہیٚے ژٕلہٕ راوتھٕن کیا کوٚرتھس
صُبحن بیٚہہ ناوسے لمبہ دار
مول مأج گوٚبرس گوٚ بے زار
نوٚب کُن دوہ نزوی پیٚشوٗ دانس
ہرہ کٔتھ کرٕ ہیٚے پأنی پانس
اکھ کھیہ مو میوٗھٹہٕ زیوٗھٹہٕ پلہٕ کرو دیار
مول مأج گوٚبرس گوٚ بے زار
تُہنزنس لیٚجہ ٹھانڈ و چھونس نوٗن
لیہ سیتھ یوٗن مظلوٗم روٗن
ٹاس ٹاس دیتنس ژُلنس گنڈہٕ کار
مول مأج گوٚبرس گوٚ بے زار
ہش چھس نیران زارہٕ پارس
مے ژٕل کٔتھ روزہٕ سمسارس
گرٕ بار چھنے دوہ پونشہٕ پٔزار
مول مأج گوٚبرس گیہ بے زار
کالچن سکھر کرٕ شہر گر واٚلی

کوٚلیہٕ ٹھنڈ ڈٕل زین گو تَس نالٕی
کٔژیکہ نادٕن تَس ہقوٚو نہٕ یختیار
موٗل مأج گوٚبرس گو بے زار

پیٖر صأب یِکھنا سانہٕ دیرے
نوٚشِس حَض ووٚنی ژٔ جم ہیرٕ ہیرے
منٛزٕ ویٛنٛزٕ سوزنس لمبر دار
موٗل مأج گوٚبرس گو بے زار

پانٛژھ پاوٕ موٗٹ تےٚ ساد گنٛز زِیٹھی
لَمبر دار چوٚکہ دار فأعلس بٕیٹھی
بیٚون کھیہ موسیر اُسی تٔمی چھُہ اقرار
موٗل مأج گوٚبرس گو بے زار

یِمہٕ زمانےٚ رُودُکھ نٕر سیٖر
کتھِ بیٚہٹھ چھِہ تھَوان پیٖرِ دستگیر
آہِ سر گوکھ تےٚ پیٚوکھ مودٕ کمجار
موٗل مأج گوٚبرس گو بے زار

اَزٕ توٚن پھرٕ ووٚن دانٕہ داسنے
بٔرٕم چھُس دِیُمت پوٚفٕہ کانے

ووستادن ووت شوقہ گفتار
مول مائج گوبرس گوبے زار

●

## "ییٚنہٕ وائلی"

یہ ہا اُسس خوش سپے پروردگار
در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار
لندنہٕ منزہ حکُم آو ژوداہ وُری شن
کشیرہ منز کرنہ آو ڈاپہ وُری شن
ییتھو وی مالیو ٹُل گیہٕ کار
در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار
یہ ہا اُسس خوش سپے کرِدہ خدا
دَتہٕ دَتہٕ ہیٚتی ہے وادہٕ خدا
یرژوتے سعہ زو کشجہ ڈوی دیار
در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار
آنگنس منز جُجیہ والہٕ ناوان

ساعت نامہ اُمی ساتہٕ لیکھ ناوان

ٹُھنٛچھ چایہٕ قہوسس کران اقرار

در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار

لوبرٕو ہٕیٹھ کوٚرِہ اَنز ناوہٕ یکھ

اُمی ساتہٕ آبہٕ رہٕتن لَدہٕ ناوہٕ یکھ

مانزہٕ ہتن لاجہٕ یکھ نکھ وٕوہہ کار

در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار

شیطھ وُہر مہرازہٕ دو لکھ ہٕرانس

رہبر ہٕیٹھ آب تس ترٛوٗکھ پانس

گانس منز ژاوتے مُژھن گیہٕ کھار

در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اظہار

گانس منز چھُ وُدان پانٕہ پانس

بلاے آیہٕ میانس خاندر کرنس

پانہٕ ونٛز نو اوسُے چپار

در ملک ییٚنہٕ وائلی گے اِظہار

رحم میرس اوسن گنٛڈ خانہ مول

سُنت آس کرنہٕ گوٗرنس ییٚنہٕ بول

ٹینٹھ چاے قہواہ کوژن بسیار

در ملک ییٖنہِ وائلی سگے اظہار

کاٹرتیاہ کورہِ مالی شرم دار دڑاے

کورین ییٖنین پرژ ھنے ژاے

جل جل کوری کری اقرار

در ملک ییٖنہِ وائلی سگے اظہار

کورہِ مالی خبر سوز گوبرہ مالس

ییٖشنن ترکی زے ییٖنہِ وائلس

تورکھ ہے خوشفتنن یہ دِمے حار

در ملک ییٖنہِ وائلی سگے اظہار

در ملک دِرگو گے زانپاسئے

موال دوکھ کورہ کتہ پکی پاسئے

کھارہ ہتھ ڈولتے پھیرم وار

در ملک ییٖنہِ وائلی سگے اظہار

گنڈ زول وکھتہ تہ ہمن باھڈن

ژھ دہن بینڈہن اسکر وسن

ڈاین ترہین پیٹھ کورکھ اقرار

در ملک یینہ وائی گے اظہار

اوخن صائبن آنہ نادن

ژ ائنخ نکاح اسر لیکھ نادن

کھرکر ناو تھمن بتہ گرٹھان اظہار

در ملک یینہ وائی گے اظہار

دنان پچھے ووستاد یا حفظ پیر

دمہ دمہ اسر پران توبہ تقصیر

رحمتس چانس چھی ووم مید وار

در ملک یینہ وائی گے اظہار

بخت گو بیدار کارسازی

دارہ پائٹھی لڈی موت کرُیون راضی

تومہ ترکھہ جوراہ کرِد تیار

در ملک یینہ وائی گے اظہار

## گوڈنیک حِصہ۔ مُسلمانن ھُند وِنہٕ وُن

(۱) مَس مُژرُن

(۲) آب شیرُن تہٕ پوشاک

(۳) مَس کاسُن

(۴) مائنزِہ رات

(۵) وَردَن

(۶) سازٕہ گرٕ

(۷) مہرازہ سُند ہوورُنیرُن

(۸) مہرازہ سُند ہوور واتُن

(۹) سبہ بَتہٕ دِیُن

(۱۰) مہرازٕہ سُند ہووِرہ روزُن

(۱۱) نکاح

(۱۲) دہ دہ مائج

(۱۳) کورِہ رخصت کرُن

(۱۴) نوشہِ ہُند وارِو واتُن

(۱۵) ہزِل تہٕ مذاق

(۱۶) زرہ کاسے

# مَس مُژرُن

کلہ پیپھٹو وٗلہِ یے سعہ نوٗ سنز بندٕ یے[1]
مَس مُژرو یے اَندٕ اَندٕ یے

کلہ پیپھٹ وال تےَ زُرہی طماکائی[2]
پرٕی گیا گاٸٕرش نندٕہ بائی

لگنس بہہتھ بہ چھ مالنجِ یے
باغوان او یے دِچھ بیجِ یے ہیتھ

کنگنٕ والو یے لوٗ ٹھ پارو یے
پھُول کھارو یے تِ گوٗ جان

گمہٕ ہٕژٕ مہر ینز سُم سینز ڈرٕائی یے
فاٸطِم صاأب اُیسی اَتھ ڈالہٕ نے

مَس مُژرو یے بادم باغَس
دائر ژٕ اوَسے ویرناگَس کُن

پھٕلہٕ وٕنٕ مُول پلہٕ وٕنٕ تالو
شُلہٕ وٕنی[3] پنٕنی دیٖدٕ یے

---

[1] اکہ قسمک تلہٕ لاٹھ [2] اکہ قسمچ ٹاٸچ [3] لٕہٕ وُن ۔ منہٕ ناوُن ۔

مَس مُژرویے شالہ مأر بونین
دیدہے چھے روہ نین پَن کران
مَس مُژرویے شالہ مأر گوشَن
بَب ہے چھے پوشَن مالہ کران
مَس مُژرویے شبِ برأژہی
لگہیے اصِل ذأژہی سیے
مَس مُژرویے آلہ چھکویے
مألہ لاگویے حضرت بَل
خانہ مأجی ازہے چھم جأنی انوأژہی
نادِ مَس کرے گُل کأژی سیے
پیٹہ فِہ دیٖدہ دۆل یے وانکہ پتوٗ لیے
ہِشِس دیٖدہ لالہ مُژرو دیے
مَس مُژرویے پیمبر زِ کیے
کرانچ نارہ وُزہ مألی سیے
مس مُژرویے منز پوشہ دارے
ہأژی پھۆل مے چھن ڈیکہ لون
اَتھ پأڈ مستس پھُلکہ ملأیے
کوٗژی ولأیے تنہ اطلاس

ڈاپہ کھاءُر تیلکے زا لےُ قندیلے

کوسنے دردی یے وَنہٕ ناوویے

(وَنہٕ وِنکُ یہِ حِصہ چھُ صرف کورِ خاندرس پیٹھ وَننہٕ یوان)

●

# آب شیرُن[۱]

تیلے ناگو ہِل ولو ژاوان

ژِگہِ چھی سومہ تن دمہ دہ نادان

آب ژاوٲیو کھووٕرِی کھووٕرِی

ہووٕرِکر بایے وَنہٕ وان پچھے

بابن اڈن یے صابنہٕ سکسے

ینامل مکسے روزی یو

نابدَ کنہٕ پیٹھ کھورِ چھُنہٕ ٹھہران

راجہ دِماغ چھُنہٕ کتھہٕ بوزان

---

۱ آب شیرنکس جشس منز درج یہِ وَنہٕ وُن چھُ مومولی ژٕنہٕ واتھ کرِتھ تہٕ برابری اَکہٕ نتھہٕ کورِ کھاندرس پیٹھ تہٕ تہٕ نیچو کھاندرس پیٹھ تہٕ وَننہٕ یوان۔

کھتو چھک مند چھان رتھ میون لوگٹ یو

ستھ زنی وکھی یو آب تراوہ نے

**پوشاک :-** سورے گنڈیو موہ للئے موہ للئے

وہ زے گنڈیو موہ ختئے ہار

سورے گنڈیو تانے تانے

سوہ نہ سند دستار گنڈو پانے

اوڑیل تر زاوڑیل چھمبہ دستانے

خلعت شاہی گنڈو پانے

ونہ ون دیارن کنہ دور گرہ یو

سوہ نہ دستارس پیچھ گنڈیو

ڈیکہ ٹکہ مرہ یو ژندرہ کلپوش

نیمہ تھو شالہ ہار گوشس کن

ڈیکس ٹکہ تئے ہمہ نگنہ ژندن

دیدی اکہ نندرن لسی نے

استانہ اندرسے تل مکھو دورو

بجہ گورہ گورسے کرائیو

گرتنہ ناکس کجہ مے بخیے

سخی یو ڈوکھ دیو چھمبہ تکریس

کرُتنہِ نالس تنہِ گیر بانے

دیدہ قوربانٔے لیجٔو یو

وتَن چھےٚ وتھرُن پیٹھ سائبانٔے

ناٹلی چھےٚ کھاٹلی مالہِ ژندَن ہار

تنہِ چھےٚ تحصیلدار میز مانٔے

دیدہ قوربانے لجٔو یو

جامہِ سورُ گکھ گنڈس تنہِ بوتاژے

مہرازہ گرشوم ہوورُ تام

# مَس کاسُن

مَس کاسئیو اُئنز ہاوئے یو

زأئنہ شاہ صائبنز مُوریدو

ووہ ستےَ کارو وارہ مَس کائسی زہیس

موہ ختےَ جرنَس جاسے تھاوی زہیس

وہ ستو سیئود رَیلٹ کھُور اَسابےَ

یہا پےچھُے گمہ ڈینگ دَسلابے

داگر چھےَ فیٹر ورنی گونشہ چھےَ میتری

ڑنزی یپوئل کھو گو لا بو

نُم ٹلائیو قلم تزاشے

آب شیرائیو ناقاشے

اسلام آبادکی وہ ستہ چھُہ اُمت

لاکِہ چھُہ زامُت رازَسے ہونز

مَس کاسئیو بیئے لیَے

دُچھونے دارسے ڈلبے تَل

دفترن اَندرَے چھٹہِ لیکھہ ناوہ یو
افسر خط تھاوِہ ناوائیو
سَتھہ چھی ژھاگرتےَ اکھ کتہِ کاسے
شائدی پورہ شاہِ ہمدا نائنے
سَتھہ چھی ژھاگی تے اکھ کتہِ زنگریو
جنگلی باپمَ رے ہشی نے
تھوٗد رَٹوٗ لالو ثُمہِ کمانے
یَمہِ زمانےَ رُچھی نےَ
ناو چھےَ رحیم تےَ کرے رحمانے
یمہِ زمانےَ رُچھی نےَ
مَس ہا چھی کاسان زاڈِ لہِ کھوٗرے
ھُوٗرِہ چھےَ سازہ گرٗ ساز کران

# مانڑہ راتھ

بسم اللہ کرتھ ھمہ ونہ وونے

انجام گرژھ انونے سیے

نبی صائبن ہیبت سکھر ونے

سکھرت بیبہ گرہ سونے سیے

توشہ گنڈتھ کرئے پوشہ وتھرونے

انجام گرژھ انونے سیے

نورالدین صائبس اوس واتونے

بوزہ نا ونہ ون سونے سیے

ہنگہ گنڈتھ کرہس پرنگہ وتھرونے

انجام گرژھ انونے سیے

ہاوسہ ناو چھئے یرمن سونے

ناوس زولاہ زرلائیو

معہ کھ چھئے جان تے ڈیکہ بھیہ لبہ وونے

انجام گرژھ انونے سیے

مائنز لاگ اُتھن تہٕ نم تھاو خالی
پوڈر کری ھی مالی سیے
دوہ ہس پھیر کھے ربہ تہٕ رُود س
مائنزہ گگ رٹی معبُود س کُن
مائنز ہے مانڈو ستلہ ڈُلہ رتی
پانڈو گگ نی لاگو یے
مائنزی مائنزی لۄ مکھے ڈالے
لائجی مکھ اسہ ونہ ہی مالے
دچھ کجی کھرشمے دارہ دفتار س
راجہ افسار س چھ مائنزے راتھ
لالس شیشہ گنڈ مائنز لاگائی
رگ مالہ واد چھس کارائی
مائنزے بیٹھ ہے چھے سونہ سنزہ داجے
مائنز ہیتھ عرکو راجے آسے
راہ ادا اوسے ژندن دارسے
گچھ پارا اوسے یارسے بل
ییتھ کرہ شوبہ ہن سونہ ورامے
یوت واتہ پانے پائمبر

یوٗت واتہٕ نبی صاحب پانٕے

ونیہ کریے لرٕ گیہ نوٗراسنٕے

زٕنہٕ ڈٕبہٕ بہتھ پرہ قہرا سنٕے

یوٗت واتہٕ پانٕے پیغمبر

نوٗرالدین صابنہٕ دأنتوہٕ کھرادے

پانہٕ آدٕ سعہ نرٕ شنزرٕ ناوے کپتھ

یمہٕ کمہٕ آسے یمہٕ چھےٕ سانے

ملک کشمیر چھہٕ پاٹھانے

ٹھرِہ پھلر گوٗلاب لرِہ سانہٕ پُترسیے

از ہے چھی لتریے برٕتی یے دوہ

سکلالہ گوٗرے یے لوہوری پتریے

پچہٕ نری چھہ منگان تازہ تازہ ماز

وازہ چھس سیتر سیتر خانہ مانج پیتریے

از ہے چھی لتریے برٕتی یے دوہ

یزمن بائی گولاب ٹھرِ سیے

پچانہ کھہ تر کسی پھلر زرٕ کریے پوش

کرتنہ نالس زلہ کمی جوٗر ریے

گوڈ کمی بھوٗر یے یتھ کارس

تَتہِ مجلوٗنَس وُمبر ژِہیرٹھی
یِیتہِ لاَل ٹکنن ژِیرٹھی سیٖے

باغَس پھِجِر ہیٖمَے لولہ کوٗستوٗری
اَز ہیٖے لوٗگ گوٗری چوٗنےٗ سنٛز

بائی لالہ داتی شُلہِ یا ژیٖری
وَتھرِمن کرِی زہِ بس باغَس ہنٛز
تَمہِ سیتو گوٗری ڈیکہ ہیٖے پوٗری
از ہیٖے لوٗگ گوٗری چوٗنےٗ مشنٛز

مائنٛزے موہنوس اَکھ ما ڈائے
مائنٛز ہیتھ ییمبر زَلے آو
سالےَ موہنس کیاہ اوس ناگی
رتھے ہیٖے تراوسس قاپیلنےٗ

صُبحِچ پوشِ تھرَہ دِگرِچ شائے
اَسہِ آیہِ جِگرِچ پرژھی باییے
گیسے والِتھ گیس رَٹھ ژھایے
اتہِ چھےٗ شرم دار پرژھی باییے
دوٗرہ آیہِ پرژھی بایہِ مشرہ ترہ آرس
یوٗت داژہِ موہرٹ کارس کیتھ

پاہ لہٕ ربنہٕ آیے کُلیو تُلہٕ ژھایے
پُوژن پکھمب وُلایے ژھپک

دُورہٕ آیہٕ پُژھو بایہٕ پُژہٕ پھک زٕ پکھے
نیچھے دیوان خافس پیپٹھ

اَسہٕ آیہٕ پُژھو بایہٕ یوٚژھ ہیٚے خودایَن
جایَن کرہٕ وَسے پوشہٕ وننوٚن

---

لہ ژہٕ پُژھو بایہٕ پیمہٕ پچہٕ ۵ ستقدین۔ تفصیل بایتہٕ ژھپٕہ کتابہٕ ہُند جلد اکھ۔

# وَرِدَن

سَتھ چھی پھیرن تَے اَرکس پَھٹے زُرییے
پُرُکییے تانیٔ کرِ ماشٹرٔ ییے

وَردَنَس چانِس رنجہ پَنہٕ ترٛوٗپ یے
رعٕہ پیے ییٚرچھونَے پھاووُنے

وردَن کیپٹھ قلم تراشے
رنگَے بُلبُلو باشے کر

وردن چون چھُم چشم بُلبُل یے
چھاوُ تےٚ اُچھَن ہِنزٕ گارشرییے

لاُچھس تہٕ بازِھس جُوری کرائییے
گوٗرِک کرائییے اَزکنے رنگ

یِنزی مَنِہ مِیادہٕ چھُے آوِیل
سادہٕ پشمین چھُے زیادہٕ زاوِیل

وردَن سعہ مبر رکتھ داوے داوے
اِن رنگہ ناوے لاٗل چھاوے

وَرَدَن سعہ مبرِ تھ سیرے سیرے
اَڈن تھو کزا کھ تیرے رِکیُت

وَرَدَن سعہ مبرُ تھ نیٚچہِ مَہور ے
اڈّن تھوَ لاکِہ ظہور ے رِکیُت

وَرَدَنَس چاٚنِس زَری گَیہ زریٹھی
سگلے مِیٹھی کرا ٔ سیے

یَزہی منو لال پڑا ٔ نے
رہ بنہِ وزا ٔ نے پاٚپی نَس

ماسےَ لالو رِتی دِیار پنہٕ نےَ
ہم دِیار پیترِ یو بُجتہِ بکار

خانہ ماجہ کورہ کِتہ سُتھ سوٗ ٹھ پڑٕنےَ
رہ بنہِ وزا ٔ نے پاٚپی نَس

پَیٖہرَن اَنٕیے کمخاب ڈا ٔلی
سُوٗرہ پَرہ نُوٗرہ جما ٔلی سیے

# سازٕ گرٕ

سازٕ ے گرٕ یے عشقہٕ پۄنپرٕ یے
سازٕ س شۄبی رِیم زٕرٕ یے

سازٕ ے گرٕ یے ساز کرٕ ی پتہٕ نختےٕ
سازٕ س شۄبی معہ نختےٕ ہار

ساز کر ساز کر وارہ وارہ ساز کر
یِمیتہٕ مےٕ ناز کرٕ سازٕ گرٕ یے

شِیرِتہٕ سنبھالِتہٕ ساز کرٕ زبرٕ ی
ژٕ بَےٕ چھے خبرٕ ی خانےٕ ماج

سازٕ گرٕ یے ژٕ پٕتہٕ نِہٕ چھے خبرٕ ی
زبرٕ ی ساز ہٕیے کرٕ ی زٕ یس

ولِہٕ ینہٕ چھِیے شوقہٕ وٕنہٕ دٕ ائی
گٕسے چھے ساز کرٕ ائی یے

سازٕ گرٕ یے شاہٕ سۄندرٕ ی یے
پٕٹرٕ یے سازٕ ہٕیے گرٕ ی زٕ یس

سازہ گرٕری یِہ چھُہ دٔسلابٕے
باحسابٕے ساز گرُیرزٕہس

خانہٕ ماجہٕ کورے شُبہوُن سازکر
لوُبہٕ وُن واتی یٕناـــــمے

یِہ ہیچھم ڈٲلیکھ بُڈٕ ہاورٕز کرٲئرِس
سازس چأرِس کیا چھُہ موہٕ وُن

وانکن جگرٕ زیس لال تٕے معہ ختۓ
بخنتہ بجہٕ کورہٕ وُچھِہ وأرے وُے

# مہرازہ تُشِد ہاہوورِنیرن

تورہ چہ دِیزِہ کِہو رِیوٗ کھےٚ خطرِ سی
تیتہِ مأری رُفتہِ سی راتھ لگِہ یو

وارے وارے ژندرٚے وارے
ساعت نامہِ دٕرِو یو اَتھوارے

لالہِ دٕراو ہووَر جمعہ رأژِی
تورہ ییہِ دوٚگُن بأژِی ہیتھ

ہووُر گرٛہنَس لجٕو یِہ سکر
پکھر پورہِ کرِہ مہرازو

کوٹھَس پیٹھ ہا چھےَ لوٚٹے مالےٚ
ژہِ کمیوٗ حالےٚ ہوٗر دٕراکھ

پوہ فرِ دیزِہ کوٚڈ یِہ شرٛ بِژپیالےٚ
رَسہِ چو لالےٚ کیٚنہہ نا گوٚرے ژیر

دوٗرہ پیٹھِ آکھو پھیران گامَن
مامَن کُڈ یو قندرِہ شرٛ بتھ

ازہے چھوّرہ سوندرو یتی روزوے
پگاہ چھوّرہ بنیہ وَنہ وونئے یے

کورہ ماچہ خط اپوگھ گوبرہ ماچہ ہارے
ریدٹیوہ تھاؤ کی زرے دارے پیٹھ

ڈیلَن تہ خامَن لجّو شُماعہ ری
بجِہ وَتہ دڑاوے باپاڑی یے

لاڑی تہ موٹر بڑوتھٹ بڑونھٹ ڑاوے
اَمِہ خوہ تہ حشمت ہاوَے کیا

یورہ پیلہ گرشھ ہم دم دادہ بہوزہم
اَم سیپارے پھیڑ دی زہم

کھسہ وِنہ بہو زہم ڈبہ ڈالانَس
بیبہ رپھنے دامانَس تَل

ہتے چھم نھانہ مول دعا منگو توسے
داو کُرکر توسے رومالے

ہیہ چھم اصل گرانجھ لاگہن واجے
ہیہے چھم ماجے روزہ ڈُری ڈُری

خانہ مالہ گوبرہ خانہ قاہ گرشھ وہ
آنہ کاہ دِی زہم بَرہ اُڑہ وون

لونگ یو آبِ حیاتُن سنگ یو

لگیَر یو چھپو خانئے مول

لگہ یو اتھن تے نارک مالن

چھپد لالن کیا مولہ دے

آنگنہ اندرے ہیٹھ کیا لجے یو

شینٹھ مھیرو ڈھیو گلیہ میٹھے

# مہرازہ ہُنٛد ہوٗر واتُن

سرکارِی کِدُس وُزِتھ ھُٹسہٕ راےَ
یوٚت ہے آو دِلہٕ ہُنٛد وائسراے

سالہٕ بن سانِن کیاگیہٕ دِیرِی
سون مہرازہ کوتہٕ ژِیرِی آو

آکھ ساَ پانہٕ کینہٕ اِذِن ہکھ سالی
روہنہٕ داماہٕ پچھے نالی یے

رُمہٕ زاٮٕج ہا پچھے بُتمہٕ کمانے
چشمہ چانہٕ آب روانے چھم

ستہ نبی بے نین منز چھک بایو
وٮ۪تہٕ نبی چھکہٕ یو آب حیات

آنگنس سائنِس نلکہ ژہ پارِی
صُبہ دار سون کپارِی آو

آنگنس سائنِس اَنٛدرِ اَنٛدرِ تارے
آرے پوٚریکُ یٮ۪نہٕ وول آو

شیشہِ لبہ رِتے روغنی تالو
لالو بُرِک بُرِک دیوان خان

یُز مَن چھہ کران یُز مَن بایہ آلوَ
اَتہِ کیا کھالوَ دیوان خان

تِہمے چھی سعہ مبر تھِ تِہمے سنبھالوَ
لالو بُرِک بُرِک دیوان خان

باغس وتھرود باغوان بایے
بِنا نائگ رایے گژا سے لگہ یو

تُتہِ ووّتھ ناگس پیتہِ دُراو نون یے
ہی مالہِ نائگ رازُن سیے آو

بُلبُلو لِنجہ پیٹھ کرِتھ گاہ گیسری
لاُلہِ پتھ لاُرِجتھ فقیری سے

دارہِ کِنو دِرِمے اُلہِ دارِک دارِی
پوشبرہ گیبی لارِک لارِی سے

ہوورِ یو شوزِیو مہ ہنیوَ نادس
آکھا شاہزادو وادس پیٹھ

چندہ کڈ رومال ڈکھ ھتھَو پانَس

نکھہ بیٹھہ اَمیرسے زانانَس

شانہ پچھے شانہ گونڈ وتھرُن نرمی

خوچہ سون کتہ بیوٗھ شرمی دار

بیٹنین ہندِ بائیے ہیو ناگرایے

بیتہ ہو آیے باغ وُچھنے

شانہ پچھے شانہ گونڈ وتھرمن گیہ چھے

نبہ کے تارُکھ پریزلان چھک

شیرین یسہ خنو طوطہ گے کاٹلی

کھینہ چھی بادام کھائلی ییے

چھپیہ سائیلا دار پونبر نکھہ رنی

اَسہ وتھرسے دَچھ ڈکھ رنی تِل

دوّہی دوہ ہسَس پھیوٗرکھ توسہ مادانی

اَتھ روٗٹ کورُسے سُلطانی ییے

دوہ ہسَس ہو پھیوٗرکھ ملکِ کشمیرس

اَتھ داسَس گرد وسگیرس عزتہ

گُر پکھر ناوسائے آیے آیے
ہِنا ناگرایے رگن لگکھ یو

کورے مالِیو عقلہ نادانو
برس تِل ووتے ژاثپانو

تِل پاتالکو لکھ آے سالَس
وُنہِ چھم لالَس مالہِ گرہ نے

ڈوکھ چھُن ژووُت منز ژاٹہ ہالَس
ژاٹہ بائجہ ہیتھ ہیئے سالَس آو

پولاو مُتجن ضیافت کالَس
وُنہِ چھم لالَس مالہِ گرہ نے

داوکھ چھُن ژووُت گچھِ گیٹھ پانَس
منز شہرکہ ہیتھ سالَس آو

اُنی تون کانژھاہ معول کرِہ مالَس
وُنہِ چھم لالَس مالہِ گرہ نے

پِچھَس چھے گُنتے موہرِ چھے تاژن
کُس بیند رانُن مہرانزہ آکھ

نَبَس منز پریزلان بڈی سیتارے
سون سِتارے شوله ماران

# سَبہِ بَتہِ دِیُن

وازو سِیُن ٹراو گُلِ اناَری
ہارِہ ہندی واَرِوی بَتو کھیوان
پیٹزی منو سَبہ پھیر پانَے
رِشوبہ رشوبہِ ٹراوُکھ اَلِہ دانَے
ترامین بَتہ تَے وُرِین چاَلی
کھیّنہِ آسے نصیبہِ وأ لی یے
کھیہِ بَتہِ جگرو ہیٹیہِ ہَن کھیّنو چھے
شِشہِ خمتر پرینٹہ ہو چھے ییمبر زل
ستہِ ستہِ بَتہِ ٹراَمی اکِہ اندہ پولاوَ
گولاب ٹکرہِ ہندہ مالے نے
وازو لجُریو وازہ باسے نمہِ رِنی
کمہِ نُو کرِٹر چھے ضیافت
وازہ لجُریو وازہ باسے گگہِ رِنی
میٹھہِ ماز کھاَرِی زیکھ ڈُلی رِنی کیتھ

وازو منزہ اوّن ئے اصل وازہِ ژاُرِتھ
اُمی اوّن اَسمانہِ اُنشز مَاُرِتھ

عریکہِ وازوسِئین نژاو جباُری
اَسِہ چھے لاُزِم داُری سیے

یُزی مَاُرنہِ الال خانو
لوٗگ یو میتھہِ کلئیانس ساد

یُزی مَاُرنہِ جِگر گوشو
لوٗگ یو روغن جوشس ساد

یُزی مَاُرنہِ سوہ دِہ گولابو
لوٗگ یو دوہ دہ گوشتابن ساد

دُھٹ چھی رژہ پھُلی دند ہارہ نگی سیے
لالن کرژی بتہ پھُلی سیے کھیے

نبس کھوت اوبرتے جبس گیہ گانگل
اَسِہ روٗن تو ہِہ کیٗت ہانگل ماز

یُزی مَاُرنہِ سادہِ شاہ زادو
لوٗگ یو طبق ناٹن ساد

[1]کاٹھڑ چھان ووٗوسے باسمت بوٗوِمے

لھٲوِ مے چپانے ہاوٲسے

سال چھُے پنژٕ ہَن سیتر پچھُے ہتھا
شاہِ مجلوٗ نو کتھا کر

سالرٕ پہٕ سال کھسوٗ پوٚت مأدانَس
غوصہ وَن حضرتِ سُلطانَس



---

[1] اکھہ دان ذات

# مہرازہٕ سُند ہوورہٕ روزُن

لالس نٮ۪ندرِ پٮ۪نیہ ہووری گرے
کھووُرہٕ لدے چھہٕ آرامس

راتس بوز تھو ساز سنطورو
دوہ تھو بومبورو گاشس ہیو آو

راتس کور تھو نغمہ تہٕ ناچو
دوہ تھو فراشہ گاشس ہیو آو

کھہ کرن بانگ دِژ پنجرے پیارے
شُرؤ ذی گو لالہٕ ترٕ رونہٕ حالے

کوکرن بانگ دِژ پٮ۪ترے وختے
دوہ تھو نیک بختے نمازہٕ نیر

صبح آو تے ژول اَنہٕ گونٹ سیے
شاہ جیلانٕ انتہٕ رونٹ سیے کونٕر

صُبحچہ پرلوہ پٮ۪نیہ سنگر مالن
چونُندہ لالن پیالن کیتھ

صُبحچ نماز کَرِی تو آدا
جَنتَس رِیتِہ دو نادا دِتھ

قُرآن سون پچھے ترِہ سیپارَے
پانہٕ پر جگرو مانہٕ بوزکھ

آیہ قرآنَس طٕے کوٗرُو تھو
بے کوٗرُو تھو عربس تام

نبی صابٕن قلم تُلوٗ تھو
ترِہ سیتر لیوٗکھتھ الف لام

عربی پرنَس طٕے کوٗرُو تھو
بے کوٗرو تھو عربس تام

دارِہ بیہِتھ بِہتھ وُٹھ چھی پھوران
اَسہِ دوٗپ قرآن پران چُھکھ

# نِکاح

نِکہس لیکھ زِیس گرتے گاواہ
یِگاہ ہے روزہ ہس دعویٰ دار
نِکہس بیٹھی بُڈی بُڈے قاضی
گوری بب چون راضی گو

ہشدِہ پوش مع قدم کرہرژِہ پوش قاضی
ازلَن لوگمت بائزی ۔ گار
نِکاح چھی لیکھان سطرے سطرے
کونگچہ پُترے تہ عطرے سیتی

قاضی صائبس بادام ہلمس
یناسائے قلمس گرائے لگہ یو
صبح آو تے غزل لوگ پھولتے
کورہ ہند ازل لوگ کھتم کرہ نے

نِکہس بیٹھی یِم دھمہ رائی
گوری سائنی بوہری بائی سیے

وہیتھہ بلہ ءَ ئر بلہ دیُت تھو ژاکھو
آکھو شرحکُ کاکدُ ہیپتھ

نکاح نامَس میل پھے اُدریٰ
ٹدریچ مسوَل گڈایہ ماران

# دٔھ دٕہ مأج

وٕھتھی دٔھ دٕہ مأجی ڈولہِ ستیٖ نیری
وتہِ لاگِہ شیٖری ڈولہِ ڈول پوشس

ہَتھٕ دٔھ دٕہ مأجی وَتہِ وٕھ لساوی زین
تیٚتہِ کرہٕ ناگو زین ساوینہِ تون

ہتیٚ دٔھ دٕہ مأجی ہوٚل گنڈہٕ چیری
زٔیرے پوشس ہیٚے لاگوسیے

دٔھ دٕہ مأج آمژ دٔھ دٕہ بیری نژاوان
اَسہٕ ہٕنہِ اُچھ دارہٕ منہٕ ناوان

رٔشبہ ورٕنی دٔھ دہ مأج ژاپہ ساتہِ برنے
یوٚت آیہ قرآن جرہ آنے

دٔھ دٕہ مأج آمژ ستی ستر ہارے
دٔھ دٕہ مأج بیٖٹھہ ژٕنہِ دارسے پیٹھ

---

دٔھ دٕہ ماجہ چھ کورہٕ ہندہِ مالنہِ تہِ ونہٕ وان تہِ دأرہٕ دِہ تہِ ۔ طوالت کا سنہ مہٕ کھ چھ مٕہ دٔھ شوٚنی جایِن ہُندی ونہٕ وُن یکجا کرِتھ ۔ جہاں تک اُس دٔھ دٕہ مأج ستی آسان، مگر یہ رواج چھ وٕھ نی کم گژھان ۔

ہتے دوہ دۄہ مأجی کھتھ کرہٕ ناوتن
لأل کھیادۄہ ناوتن ضیافت

دوہتی دوہ دۄہ مأجی ہأر وُزہٕ ناوتن
شولہٕ وُنی لولہٕ ہأر بولہٕ ناوتن

دوہ دۄہ ماجہ کیا گژھہ لگہٕ میوٹھ آشن
اُمس گژھہ آشن دأوِ دار جور

دوہ دۄہ مأج آمژ وُدۄہ زالأنی
مالن شترہ وُنی کرأنی

دوہ دۄہ مأج کتہٕ بہہ پتر مس گوشس
دوہ دۄہ ماجہ کرٕ تو پوشہٕ وتھرون
دوہ دُے مأجی رٕنی ٹسلامے
تتہٕ کلامے پرٕتی کرٕکو زے
دوہ دۄہ ماجہ سانے ٹتھرہ کھورہٕ بُوٹ پچھے
کشیری شوٹس گرایہ ماران
دوہ دۄہ ماجہ سانہٕ پچھے پوشہٕ دہانے
وُکھہٕ بیٹھ وُٹھ چھٹپہٕ تولانے
تتہٕ نأگ رایٔن کیا ہیتوت وأنے
سادہٕ بیٹہٕ لاگکھ دوہ دۄہ مأجی

# کورہ رخصت کرن

تلے کیا گوڑ سنے بٹن تے ما بجے
پھیکہ بھون تڑاو سے کینہ دا بجے

تلے کیا گگہ مٹھیوٹ کوڑ سنے کڑائی
گوری سائی سعہ نو معہ غلائی بیے

الحقہ کیا اوّن ہیے تر ہٹہ کیا گوڑ ہیے
کمہ وتہ واڑی دلو لول بوڑ ہیے
بین کدھی چندہ دیار ماجہ لدی نگی ڈسی
تلے کیا گوڑ ہیے ہٹو سبی تل

آنگنہ اندر سے مسا کر نا گے
دِسا سعہ نو کا نگہ مال معہ کل

سعہ نو سنزہ ژ کرے رشہ یہ وگتنے
وسی برے بتنے ژیر ہیے گوتے

یمیزی مانہتو تارک مالی
ہیش کیا مارک واڑی چھپے

دِیار لدٕ ہَلمَس تہٕ معہہرہٕ لدٕ کابُس
وۄہ بھِی وۄنِ بابُس رۄخصت ہے

پشمینہ دُسہٕ تے ریشمکہٕ جامے
گژھی کوٗری وائتی نے انجامے

مالِین آسان رہتھا پتھا
لِون ڈرویے اَکھ لگہٕ پچھا ہیتھ

اَتہٕ کُس چھوہ سأ ژادر رُٹھو رتھی
ہی مال کھٹو ہتھی وائلی زہن

زائلی زانیاتس منز چھکھے حوٗری
ژھۄہ یہ لأجی ستے مستوٗری

اَستہٕ پھِر نَستہٕ وأج وائل پھِربُرگے
بڈہٕ گرِیسو نی کھے وائنی ورگے

کوٗری لجُی کھے حضرت بلہٕ نِی
ڈلہٕ نِی کرِی زکم ناوے سائل

کوٗری لجُی کھے دیرناگ گوشُس
لأنی اَچھ پوشُس لول بَبرکرِ نے

کوٗری لجی کھےَ رٕتشر بوٚنہٕ آنگن
جامَن تھٲوِو زٕسے ناہ کرِتھ کرِتھ

حوالےٚ کرٕمکھ حضرتِ حقَس
ژور یار مُبارکس آسے

حوالےٚ کرٕمکھ پروردِگارس
مٕٹرِ چھک رسوٗلِ مختارَس

# نوشہ ہُندِ وارِیوٗ واتُن

اڈبرَے تَلہٕ چی کاڑَسے زٕنی
اُنی کھَے افلاطوٗنی ییے

آیہ کھَے بیٹھکھے وارِی وِچہٕ پیٖنچھے
کمہٕ ییے ببرے لنجے واو

ہَشہِ[1] کاعہٕ نٹھ اُنی تھَے مہٕ ہر بدلاوِتھ
اشنز نے ہوٹ چھک دارِتھ کیا

یِٕز مَن بائی تارِ کیا گیہٕ ییے
کارِ ہے لُوسِس مہٕ ہرٕ تُلی سے

ہیرٕ کھَس پننے کُٹھ بیٹھہ وارسے
ناو تھَو تارِ کھ مائلی ییے

نَتَن مشدورین کمنی یکلاہ
یوت آیہ گکلاہ اول ییرِ نے

---

[1] نقاب تُلنہٕ وِزہٕ ہشہِ کیٖت سامانہ۔ وہٕ فی چھہٕ اکثر یوتہِ دوان۔

ہَمیشہِ کر خٗدمت یزت چھےٗ پانَس
بُتھہِ روز شاہِ ہمدانَس کُن

اَندٕر اَندٕر آہمو کھِندہ کرٕ آسنے
لاٗلہِ چھےٗ سعہٕ نٕرُٹشند زانپانَے

دارِہ پیٹھٕ بہِتھ کارِہ ووٕ گنڈیے
توٚسَس توٚمبَہ کری وانیٖنیے

# ہزل تہٕ مذاق

یێتہِ نی لالَن بَڑی بَڑی سالَس
تَتہِ اوس لالَس گاسہٕ وَتھرون

مہرازٕ آوَے دوہ سہٕ ٹُلی دوہ سہِ ٹُلی
پھعہ سہِ ٹُلی وُچھو توس کھرٕ ماچھَس

یٚزمَن بایِی نبَس کُن وُچھتے
بَبَس خعہ نتہٕ بوڈ مہرازہ ہیے اوے

مہرازٕ آوَے ہَسی تِس کھاٰ سِتھ
نستے رُسی تِس وَنہٕ دِیُو سے

مہرازٕ آوَے داٗندس کھَسِتھ
ٹراٗندس پیٚٹھ ہیُوٚٹھ داٗرِ کاٗسِتھ

نیٚتھرٕ نوٚن آسُہٕ وپہتھرن داٗرِتھ
وہ ڈٕہ ننٮ۪ دی تون بعہ ن داٗرِتھ

کانٹھ مال سوٚمبرِے دانے دانے
کھوڈٕہ کون وُزہ ملہِ کانے آو

وردَن والیٖو پھٹیو گردن
سانہٕ کورہ وَردن ژھوٚٹ یے گوٚ

# زرہ کائے

بسم اللہ کرتھ ہیمو ونہ ووئے
صاحبن انجام اون نوسیے

زرہ کاسائیو وردے وردے
تھادہ یو ژھوگ کنہ شاہ گردے

زرہ کاسائیو کرہ مشٹھ سوہ یو
ہنگہ ژھوگ تھاؤ یوساد صائبن

زرہ کاسائیو آئنہ ہاوآیو
زاگنہ شاہ صائبنہ مہرازو

زرہ کاسائیو چرار شریفے
نوہ طریقے ژھوگ تھوہ یو

---

یتھ حصس منز چھ ختن ہائجہ تہ مس کاسنک تقریباً سورُے وَنہ وُن موگلی تبدیلی کرتھ وننہ یوان۔ طوالت کاسنہ موہ کھ کوڑ نہ میہ تہ سورُے ونہ وُن یتھ حصس منز درج۔ میہ کرِ کرِ صرف ترتیمَے کینہہ ہیُر کر درج یمن زرہ کاسیہ سیتۍ خاص واٹھ چھہ۔ یا بڑہ نہہ لیکھنہ چھنہ آرمتی۔

زرہ کاسائیو دِیرہِ سبزارس
بَبَس چھی پوشہِ گنڈی دستارس

زَرہٖ کاسِتھ دڑاکھ اوٚبرہ تَلہٖ میرکیو
گوٚبرُ چھک نورالدین صأبنوٚ نےٚ

زرہٖ کاسائیو بجلی گاشَس
راشہٖ پیٹھہٖ بب چھون اُڈی آو

زرہٖ چھی کاسان ڈیچھونے دارے
ساُدی صأبنہٖ یار سے تَل
وہ ستےٚ کارو یہ چھُہ شاہزادے
زرہ کاشس سأ وارہٖ وارَسے

زَرہٖ نِیِ چانِین سعہٖ نہٖ سندی واٗنکی
یمہ چانہِ زرہ چھَم گاہ تراوان
وہ ستے کارو وارہٖ وارہٖ گرٚیسو
ژھانگرس وٚرسو مہ ختے ہار

وشہ ستہ کار ڈیان کیا کرہٖ کھوٗرِس
میہ گژھن ٹوٗرِس دَرِٹہٖ رہ سنہ پیے

ووستہ کار دَپان کیا کرِ تیلَس

مے گژھِ نیلَس زِمان کرِتھ

ووستہ کار دَپان کیاہ کرِ چھترن

بوہ ہیمہ پنیترن یِنا مے

ووستہ کار دَپان کیاہ کرہ خاصَس

بوہ ہیمہ ماسَن یِنا مے

زرہ چھی کاسان یِتر چھی سارَی

بَب چون چھُم دربارَی یے

ووستہ کار دَپان کیاہ کرہ آبَس

بوہ ہیمس بابَس یِنا مے

●

# دوٚیُم حِصہٕ

## بٹُن ہُند وٚنہٕ وُن

(۱) مہرازس استقبال

(۲) سَبہٕ بَتہٕ دیُن

(۳) گگرن

# مہرازُن استقبال

وُشکہٕ ڈرایہٕ ہیٚلہٕ تےٚ دانہٕ کرٕ پوٗرے
دوٗرِ ییٚک ہیٚتنہٕ دول واتے کر

ہُسی اشارہٕ[1] تےٚ گرٕ گُر سوارے
ہارہٕ سانہٕ لون آو پرندس[2] کیتھ

گرٕ کرٕ سی چاٗنِس سعہٕ شُندتاز[3]ن
آہم باگروٗ رازٕ نی رکھ

---

نوٹ :- بٹہٕ وَنہٕ وِنہٕ کس ییٚتھ حصس منٛز درج سورٕے وَنہٕ وُن چھِم بٹہٕ لگنہٕ وَنہٕ وُن گنٛز راوان۔ مگر حقیقت چھُہ یہِ زہٕ موقہٕ تہٕ محل مطابق چھِہ ریتہٕ علاحدہٕ علاحدہٕ عنوانَن تَل یِوان۔ عنوانَن ہُند سِلسِلہ چھُہ میہ پانے قایم کورمُت۔ ییٚتھ زَن پرَن والین یہ وَنہٕ وُن سرہٕ کھرٕ کرنس منٛز سہولیت سپدہٕ۔ ییٚتھ حِصس منٛز درج کیٚنٛہہ ہُری چھِہ بڑوٕ نہٕ جلد اولس منٛز درج مگر موضوع نظرٕ تَل اَنِتھ تہٕ خاص عنوانَن تَل یِم ہُرِ درج کرنہٕ کٲنٛہ چھَہ یِمن ہُرین اکھ خصوصیت حاصِل۔ تیدادہٕ کہِ لحاظہٕ چھہٕ دُبارٕ درج کرنہٕ آمٕتین ہُریَن ہُند سنٛھاہ کم۔

[1] بور ہیٚتھ ۔[2] اکہِ خاص قسمٕچ سجاوٕٹھ ناوٕ ۔[3] کچھ ۔[4] دوٗیمہِ درجکی دیوتا۔ یِم چھِہ دیوٕ مالایہِ موٗجُب وارٕیاہ تیدادس منٛز۔

سُدرہ کھوت لدرہ پھول کورہ ہند لُوزے
یُندرازُن[1] یینہِ ووےلُے آو

سوہ بھدرایہ[2] لسی نم واسدیو[3] موُلے
لدنے تورنس خاصہِ زرباف

کنن دِیس ڈیٖچھ ہور ووڈرہ موہ لولے
یُندرازُن یینہِ ووےلُے آو

---

ل۱ لفظی معنے مطابق گو یُندر سُہ یُس دُنیاہس منز سپدن واٲلس برہ پھتہ کامہ کارس پیٹھ نظر گُذر چھُ تھاوان۔ یُندر چھُ ہینِدین ہندین دیوتاہن منز تمِس اکِس دیوتہ ہس ناو، یم ویدک دورس منز پوزنا سی یوان۔ رِگ ویدس منز چھِہ وارِیاہن باتن منز امی سندہ بجرِچ وکھنے کرنہ آمژ۔ یمہِ کتھہِ باوجود زِہ یُندر چھُ نیکی تہ اخلاقی بجرُک دیوتا گنزراونہ یوان۔ مگر بُنیادی طور چھُ یہ لڑایہ ہند دیوتا تہ مانِنہ یوان۔ یُندر چھُ تمن نیک انسانن ہند سخت دُشمن مانِنہ یوان، یم پننہِ عملہِ ستہ امی سندہ پدوی تام واتن یژھن۔ یُورا نو مُوجُوب چھُ، دُنیہک سرو ناش سپدن پتہ پرہ پھتہ لبِہ اکھ نوو یُندر بناوِنہ یوان۔

ل۲ واسدیوس کُور تہ مہا بھارتکس ہیروُ ارزنس خانہ دارینی۔

ل۳ وشنو سندس اوتار بھگوان کرشنہ سُند موُل۔

ہئسی تیس کھسِتھ مدٕ پونٛی[١] چوان
آہم کھوان ناگرکۍ[٢] پن
سمندرس سوٗتھ[٣] دِیت زٕندن ہیچے
راہے جوُنے وٕتے آو

ڈاے ساس لوکہ پکو حالہ مادانس[٤]
گرد غبار کھوت اسمانس

واسدیو رازہ نس حالہ مادانس
بھِشکھ رازہ نس اسمانس

شاہ آو حشمت سارہ نۍ ہاوان
گاہ آو ژاوان مادانس

کرشنہ[٥] مہاراج آو یور ژٕہ داٗشے[٦]
رگنداں آتش بازے آو

---

١ متبرک پونی، شراب ٢ اکھ گاسہ ذات، اُتھ چھ بٹہٕ متبرک مانان۔ ٣ بنڈ ٹھوٗر، دوٚس، گنڈ ٤ ٹلہ گِندن مادان، ٤ مادان یتھ منز بالہ گِند نہ ییہ۔ کاشُر پاٹھی چھ بالہ "حال" تہٕ وَنان ٥ بھگوان کرشن۔ یہ چھ ہندو فلسفہ تہٕ دیومالایہ موجوب بھگوان وشنوٗسند اوتار ماننہٕ یِوان۔ ڈیان کوروکھیترکس جنگس منز اوس یہ پانڈوٚن سینہ تہٕ ارزنٕ رٕتھ اوس چلاوان۔ ڈیان گیتایہ ہند اُپدیش ووٚن اُمی ارزنس مادانِ جنگس منز۔ ٦ قمری حسابہ موجوب پچھک ژٕہ داہیم دوہ۔ بٹہٕ چھ وٕری شمسی تہٕ قمری دوشوٗی حسابو ترتیب دِوان۔

سالہ رسائز آیے پوشہ ورے مانس
کھوتے دامانس مۄہرِ کر دو

تتہِ دزایہ سُلہِ تے بوت ہے واتی شامن
وُنہ اسی جامن تاہ کاران

دیوتا رُودِس دتہِ ژرکا زے
رگندان آتش بازے آو

بازرہ پوک ہم نابد کھیوان
وُنہ چھم لال جانی ددہ بجیوان

بھشمکھ[۱] رازِ نہ کھوت کھورسرکر بو
واسدیو رازہ نے سونہ زنژہ ژراو

موٗلے کرینکھ لاگ سونہ سنزہ واب[۲] جے
زرِن بھونن ہتند راجے آو

بھشمکھ رازنہ پوشہ ہتھرو نے
واسدیو[۳] رازہ بنہِ جایو سے

---

[۱] دیو مالایہ منز اکس رازہ سُند ناو [۲] یمہ نو عیتیچ اکھ لیلا چھم کرشنہ رازدان نسبتھ تگس منز درج ۔ مگر تتہ چھم وکھنئے بدل [۳] تامیر بنگہ ۔ کرِہ جایہ ۔

ناوَن کۆرووِ مالہِ پوٚشہِ وَکھروٗنے
ہاوَسے مالہِ پٔنٕنے حبا یونے

سوداگارو وۆلِتہ کھوناوسے
موٚ خٔتے داوسے موٗل کرنے

پشمکھ زاژہِ بٔہ وٕتھیوو ناوسے
سو بِھنڈ راسے موٗل کرسنے

عائشہ مۆت بِب درٗچھے حشمت ہاوان
باٹھ چِھی سینہِ سینتھ ٹٔبہٕ وایان

کٔنہ واجن چھُک مہِ خٔتہِ اٚلہِ راوان
رُمہِ رُمہِ گٔمہِ شۆپہلاوان چھُک

ونہِ کِ کُھوہِ نٔہ سٕرٚپکِ پچھونو
اُچھو ہو لوٚسمہ واتِکھ کر

پوٗرٕہ[1] کٔنہِ کھوٚت کھوسِری بھگوانو
پچھمس[2] کن سۆہٕ نیٚرٕ ڈے نژاو

---

[1] مشرق۔ [1] اند پیاری اکھتابہِ کنسان چھُہ۔ [2] مغرب۔ [2] اند، پیاری اکھتابہِ نوسان چھُہ۔

سۄنہٕ سُنزِ ناوے رۄپہٕ پنٛدک ہم چھی
نم روز گنپت[1] صاحبس کُن
باغس سأنِس گُل پھۄلِتۍ تازٕ ئے
سۄنہٕ کورِہ معہ ختہٕ مہرازٕ ے آو
رازِہ ژے شوٗبی دیوی[2] بل کھأرن
گاہ پیہہ دارِین تہٕ دروازن
پأری پأری لگو توس رتھ[3] سوارے
مہرازہ رازہ کو مارے آو
دُکھ آیہٕ ژرٕ تے اژن کمہٕ دورے[4]
وِشوامترِ[5] تہٕ کورے آو

---

[1] اکھ دیوتا یُس مہادیو تہٕ اُوما پہٕ ہُند پُترٕ ھا پتھرٕ مانہٕ یوان۔ [2] دیوی ہٕنٛز جاے۔ سۄ جاے یتھین کأنٛہہ دیوی ہٕنٛز زیارت آسہٕ۔ [3] اکہِ قسمٕچ گُگجہٕ سٕنہ وَلتھ، سرٛاک، کوچہ۔ [5] وشوامترُک لفظی معنے گو سارِنی ہُند دوست مارکنڈٕمی پُورانس منٛز چھُہ لیکھِت زِ وشوامترُک مانے چھُہ سارِنی ہُند دوست نہٕ آسُن، مگر لیکھن والین ہٕنٛز اکثریت چھ گوڈٕنکس معنےلس سٕتہٕ اتفاق کران۔ وشوامترِ چھُہ بذاتی کھتری اوسمُت، مگر کرمکہٕ زورہ ژاو تہٕ برہمن ورگس تہٕ برہما جین ووٗن تَس پانہٕ مہاریشی (بۄڈ ریوٗش) مہاریشی بنٛنس تام پیو اُمس اکھ دُنیاہ بُتھہٕ تہٕ مہاریشی وِششٹہٕ جین

مہرازہ آوٗ تےٚ ژاو بجہٕ دورے
موٗختےٚ چھِتہٕ چھُس لورے پیٹھ[1]

ژاکھ مالہٕ واسدیو رازٕہ تہٕ دورے
بیٚنہٕ آکھ بلرام[2] جی یی سنے

کیمخاب و تھرٕ مےٚ وٚتے وَتے
کامہٕ[3] دیو شامہٕ صورتے آو

---

کرٕس سخت مخالفت۔ دٚپان چھہٕ زِہ "رگ ویدکٕ" وارِیاہ حمدیہ باگتہٕ چھہٕ اَمی سندِ کرٕ لیکھہٕ مِتہٕ۔ رازہ ترشنکو ووت روایتہٕ موجوب وشوامترنہٕ سیتی زندٕ زوٗے سورگس حالانکہ وِشسٹ جیین دِژٕ اَمِس بٕڑ دٕلتھ۔ کالیداسنہٕ موشوٗر ڈراما شکنتلا ہنٕز ہیروین شکنتلا چھہٕ اَمی سنٕز کوٗر اَسمٕژ۔ یمہٕ سٕنہٕ مانیکا یہٕ اَمِس زامٕژ۔

[1] اکِہ قسمچ چھتہٕر ہِش یمہٕ سٕنہٕ پوشن ہنٕز چھہٕ بناوٕنہٕ آسان۔ [2] بھگوان کرشنہٕ سُندبوے تہٕ واسدیوٗن نیچوٗ۔ [3] ہندو دیو مالایہٕ موجوٗب چھُ کامہٕ دیو محبتہٕ کِس دیوتہٕس ناوٕ۔ یہٕ چھُہ ہندو دیو مالایہٕ ہُند اکھ دلچسپ تہٕ دلکش کردار۔ سنسکرت ادبس منٕز چھُ یہٕ اکھ مستقل کردار۔ پوٗرانو موجوٗب چھُ کامہٕ دیو برہما سُند سنتان۔ دٚپان اکِہ اَکِہ کوٗر کامہٕ دیوٗن بھگوان شو سخت ناراض تہٕ تموٗ کوٗر اَمِس سوٗر۔ دٚپان اَخرس زاو یہٕ بھگوان کرشنہٕ گرٕ دُبارٕ تہٕ پرٕدمَن کوٗر تہٕس ناو۔ کامہٕ دیو چھُ اکثر نیشکرچ کمان اَتھس منٕز پوشن ہندو تیٖر ہیتھ ہاوٕنہٕ یوان۔ یہٕ چھُ اکثر ژرہ یا طوطس پیٹھ سوار آسان۔ اَمی سنٕز زنانہ چھِہ رتی۔ یس کاما کلاتہٕ وٕنان چھِہ۔ "ترشنا" چھہٕ اَمِس کوٗر تہٕ انورادھا نیچوٗ۔ [4] یُس ہلکہ نیلہٕ رنگہٕ آسہٕ۔ بھگوان کرشن چھہٕ دٚپان اوس شامہٕ رنگہٕ۔

اَنہٕ ڈٕبہٕ ژٕنٛدٕرٕ تےٚ کٕنٛس موٚختہٕ زوٗرٕے [1]
موٚختےٚ چھٕتٕرِ چٕھنے لورے پیٹھ

کِمخاب وٕتھرٕ مے دورے دورے
پیٹھے بانہٕ چھ گورے آو

آنگن ژاکھ مالہِ لگنہٕ رپایتےٚ
بھُوتَن دیوٗ مالہِ رَتے چھٕنٛ [2]

ہَسی تِس چانِس تھٕزٕ اَنبارٕ رٕمی
پٕرپٕژھو توس کمہٕ بازارٕ آکھ

اُڈٕلی آیہٕ وٕہ کھیٚلٕرٕ [3] تےٚ اُڈٕلی رنگہٕ ناوَن
ہاوس گیرٕ آسے کھراوَن پیٹھ

واسدیو رازہ نہٕ ہانکلہِ ٹھس گوٚ
جیٚس کرٕ دُنیادار ہےٚ آو

---

[1] ژونگ تھادنک سٹینڈ۔ اَتھ چھُ تلہِ ژونگ آسان تہٕ منٛزٕس چھہٕ آسان نوٗر کھرٕ طا۔ یَتھ پیٹھ ژونگ یا بتی چھہٕ تھاونہٕ یوان۔ زوٗرٕ ہند استعمال چھہٕ وۄنۍ کم گومُت۔ گامن منٛز تہٕ چھہٕ یہ وۄنۍ خال خالے استعمال سپدان۔ [2] بلہٕ۔ اُس تھوب۔ قوربانی [3] پکان پکان بےٚ بھٹری

رازے ببہ سنزٕ رازہ کو ماژی
تازہ روز رازہ پیٛنٕہ وول ہیٚے آو
وِشوامتر ببٕس تےٚ مانیکایہ[1] ماجے
دۄرقندہارُک راجے آو

پادشاہ گۄرِی کھوتہ یے ٹارے
وزیر دوتےٚ دارے تَل

یارہٕ بَل وأنژِی بُگو تےٚ ڈۄلی
زنک[2] رازٕنی کۄرِی سیے
رامس[3] لچھمن[4] پۄت[5] مہرازٕے
دَشرتھ[6] نےٚ شاہ زادے آو

---

[1] دیو مالایہ ہنٛز اکھ اپسرا یس شکنتلا زامٕژ آس [2] مہاراجہ جنک ہیتاہٕ ہُند مول [3] بھگوان رام - اُمس چھہ بٔٹھ اوتار مانان - رامایٖنس منٛز چھہ اُمی سُند تفصیلی حال درج - [4] بھگوان رامہٕ سُند بوے - یہ اوس سمترا یہ زامُت - [5] بڑوٕ نٕہٕ کالہٕ اُس مہرازس سیٛتہ بیاکھ مہرازٕہ رٔوان، یُتھ زن اصل مہرازس ہیوٗرِ بوٗن) گرٕ ھنٛکس حۄورتس منٛز کھاندر اَڈٕہ لیوکھ روزہٕ ہے نہٕ - [6] مہاراجہ دشرتھ ، بھگوان رامہٕ سُند مول تہٕ اجودھیایہ ہُند رازٕہ -

پادشاہ کوٗرے کھوٚت یے ٹارے

رامہٕ جوٗ دوٚتُے دارے تَل

سأنٛزِ سعہ نَرٕ گوٗرِی پیہٕ تمے سعہ رنے

لونٛ[1] چوٗن دوٚتمُ برنے تَل

واسدیوٚ رازٕنٛ نٕھچِو انٛشبأرِی

گوٚبرٕ چھکھ بلرام جی یوٚنٛےٚ

کرشنہ جیوٗن کرٕ یوٚ پرندہ سوأرِی

پرٛزٕھو توس کمہٕ بازأرِی آکھ

سعہ نٛزاو آنگن وٕھرِ توس پیٚنٛچھے

لنچہٕ سان زافل[2] بدلأوِی توس

بیہٕ[3] ژوٗل رازہٕ سیٚنٛدرٕ زینہٕ[4] زیہ سیتی

دِیہٕ سِنٛزرہٕ نیہٕ[5] منزٕ طوطے ڈراو

سأرِس باغس پوٚسٕشے گوشاہ

پوٚشَن پیپھٹ پوٚشہٕ نوٗلاہ بیوٚکھ

---

[1] تقدیر، قسمت۔ عہرازہ۔ خاندار [2] اکہ قسمُک میوہ، یُس اکثر مذہبی رسوماتن پیپھٹ بٕٹہٕ ہیوٚنس لاگان۔ زافل چھ بٹہٕ یا تہٕ قسم دیٚرے کرنس یا گنڈنس پیپھٹ بدلاوان۔ اگر یِم دوہ شوٚرے رسم پورہٕ ریٚن نہٕ کرنہٕ تیلہٕ چھ کھاندرس پیپھٹ زافل بدلاوان [3] خوف نابُت [4] مہربأنی [5] مرگ، پوٚشہٕ مأدان، نیٚوٗر۔

پمپوشہ پادٕ ساد٘ہ[1] شاہ زادو

باغس منٛز ناگہ راداہ[2] دٔراو

تتہٕ ہیٚتہٕ اَسہٕ کرٕ پانژ وأنۍ دوستی

پوٚستینہٕ[3] نرٕ آسے اُلہٕ راوان

سۄنہٕ سٕنٛزٕہ کمانہٕ تیٖر تراو کٔشے

بروٗنٛٹھہ وٕلہٕ دَ شے راوأنے

سۄ نۍ ژاو آنگن سۄنہٕ سٕنٛزٕ وٕتے

سۄنس موکلیوو اَ تےٚ گتھ

پر بأوتی ہندٕہ پرٕ زاپتو[4]

وٕچھمک وٕتہٕ تےٚ گو پٔچھمے آتے[5]

پلا دار پونیبہٕ چھےٚ مالہٕ نکھ رٕنی

تام روز دَ چھےٚ ڈٕکھہٕ رٕنی تل

---

۱ کھوبٕر ۲ سۄ جاے یتیٖن ناگ نیران آسہ تہٕ انٛدرٕ پکھۍ آسس سبزار ۳ اکہٕ رٕنٛگہٕ قمیض ۴ پرٕزاپتی ناوُک لفظی مانے گو زندٕ نژان ہندٕ سردار۔ ہندٕ دیو مالایہٕ منٛز چھُہ برہما جیس تہٕ پرٕزاپتی وَننہٕ یوان۔ مگر یہٕ ناو چھُہ ژٕتھمن جہایرٕ وٕشین یا دیوتہن دِنہٕ یوان، یم برہما جیٖن پأدٕ کٔرۍ تہٕ یمو کوٚر سورُے سامانہٕ ہیتھ یہٕ عالم پأدٕ۔ منو چھُہ یتھین دہن پرٕزاپتین نسبت لیکھان، مگر جہا بھارتس منٛز چھِنہٕ دہہ وے کینہہ گنہٕ رنہٕ آمتہٕ۔ یتھ پأٹھۍ چھُہ پرٕزاپتی برہما جیس تہٕ زوٗدٕ ذأژن درمیان اکھ سۄ تھدٕ شہ زیٹھ وُہرٕ۔

تتہٕ ڈراییے شُلہٕ تے وَتہٕ بیٹھی وَننی

سوہ نِنی کرٕی تو بیہِنس جاسے

چیرہ گنڈِہی ہوٗل ژِی ہے ارن دُتییے[١]

سمیرہ[٢] پربت سون آنگن ژاو

سوٗ نی ژاو آنگن جاگیر گامن

جامَن دُچھو توس زیبائی

گورہٕ ہِندی واٗرِوی ساری تھپکنہٕ

چھکھے گوٗری گنڈی گنڈی کمربند

ییوٗ مالہٕ دُسی لو دِیو دوہ سہ ہِٹیے

ساہٕ چھوہ پھلِی لے نٹو ہری ہری

واسدیو رازہ بہٕ پیمبر زلہ پیٹیے

طاقچن تھاوی مے تاہ کرٕی کرٕی

شاہ[٣] آو سوہ ندرہ ڈوکن لگی ہٹھیے

ساہٕ چھوہ پھلِی لے نٹی بھری بھری

---

[١] اَکِس دیوی ہُنْد ناو۔ [٢] دپان سِلسِلہ کوہ ہمالس منز چھُہ یہ اکھ سوہ نہٕ پہاڑ، روایت چھِہ دیومالایہ منز موجود۔ [٣] بہٕڑ چھِہ مہرازس شاہ پتہٕ وَنان۔

# سَبہ بَتہٕ دِیُن

رٔچھِ مکھ کرِتھ تےَ چھِ ہمےَ ٹأرِٹھی
وَتھُر مے کِشن مِشہٕ راٖٹھن تَل

ژھاٖنڈِتھ بَرہٕ ماز وول مےَ نیرے
وتھُر مےَ وِیرے وارَن تَل

بھشمکھ رازہٕ بہٕ سوداگارو
ناران[1] جوٗرہٕ نی وُ چھےنےَ ساتھ
بن رٔچھِ مرٕ رازہٕ کمأ رنی[2]

سَبے وَتھرے اسٹےَ لاس

وَس مالِہ سعونٖتھ بَتہٕ شیرہ ناوَے
باسمتہٕ پولاو شیٖہلاوَسے
ژندتوٗرہٕ کرٕ[3] ننجے باسمت پھیریے
کھیرے کھنڈے تھال بریے

---

[1] اکِس دیوتا سنٖدناوٗ [2] کوٗر [3] بڈ ڈاکہٕ

اَسہِ رُچھو کوٗرا تف[1] کرِتھ کرِتھ
بَتہٕ ٹاکی ہتھاوکرٕ زِیو ہرُکر ہُرکریے

اَسہِ کیاہ تھہِ ہیہ کیٖت روٗزمُت آسے
ہاشرزنہِ دوٗگ دِتی سوٗگہِ دا[2]سے

خاصن کیٖت کوٗتہ باسمَتہٕ پولاو
میٖتُرن[3] کرِ رُنی چھٹرے[4] ہار

اَسہِ روٗن تھہِ ہیہ کیٖت سرتلہِ بانن
یِہ چھہٕ میز مانن ضیافت

اَسہِ رُنہِ تھہِ ہیہ کُنہٕ سَتھ ترکارے
میتھو پالک ہیٖتھ دوٗدھ وانگن

نیرہ وول دوٗپل[5] ہاکھ زیرکو لوگ پاکس
کھیتھ حالہِ بَتہٕ ہیٖن ہاکس سیتھ
سوٗرگک[6] بوزن دوٗدھ گلہاٹرِی
اَسہِ رُنی کوٗتہ ترکارِی سے

---

۱۔ تپسیا۔ عبادت ۲۔ دانیک اکھ قسم ۳۔ دوستن پیٹھنین، مِترگو دوست ۴۔ اکھ دال قسم، دوٗنی چھہ یِہ خال خال وہیداونہٕ یوان ۵۔ اکھ جنگلی سبزی دِیان بڑدہ تھہ کالہِ اَمسی ریٖشوا اُتھی پیٹھ گذارہٕ کران ۶۔ سوٗرگ۔ جنت ۶۔ خوراک۔ کھینک سامانہٕ۔

سَبہ چھوٗر بہتھ ولیہٗ ازا دیے

گلزیس[1] پرٛزٔھ توس ساد[2] چھا جان

دشریتھ رازٕن ولیا زادے

گلزیس پرٛزٔھ توس ساد چھا جان

واسدیو رازہ ہِ ہا جگر گوشہ

روغن جوشس کیٚتھ پچھے ساد

اَسہ ووت سورُے جاگیر مُفتی

کُفتس پرٛزٔھ توس ساد چھا جان

اَسہ کرٕ تعہٕ ہہ کرِ کونگہٕ ترکاری

کھیوٗ مالہ بَھتہٕ ہَن سارٕپی یے

مانٛج پارٕ کٕر لجُو یو زامنین چانہٕ

زامنہٕ دَن سائٕ ساد چھا جان

بھشمکھ رازٕ ہِ سوٗدٕے بزاریو

دوٗدے ندرن ساد چھا جان

بھشمکھ رازہ نے خانٕے مالیو

دَ سے اَولوٗ واتی مہو

---

۱ ریشو پھر، ریشین ہندی شری ۲ لیڈرٕ ترادٕتھ روئمُت ماز یا سو رٕنج
۳ مزہ؛ لطافت، سو رٕنجہ۔

بھشمکھ رازہٕ ہٕ الال خانو

خوٗبنہٕ زیرن ساد چھا جان

مأج پأرِ کُجُ یہ چانین کتھہٕ نی

دودہ کنہٕ دپچھ نی کیُتھ چھے ساد

مہرازہٕ چھمے اَسہ وینہٕ ہمہ نگنے

اَتھ معہ نٕجہٕ یکھنے ساد چھا جان

دکھِ نِک مرزٕتے اُلِر دال پچھینی

پوٗشپرُک کونگہ دُپیارنے چھے

اَسہ کرٕ رازن سیتو دوسدارٕی

رازہٕ سون کمہ شہارٕی آو

اَیہ رٕنی ہندتہ لِسہ[1] درمہٕ سبائے[2]

کرشنہ مہراجنہٕ پرٛھاسے

کُنٹھ معہ کلاوِ یُون نجل کرہ پایے

کرشنہ مہراجنہٕ پرٛھاسے

پھیٹکین بیہٹھ چھی مالہ پھمبہ دُشالے

اُلٹن کینٹہ چھی مس پیالے ہیچھہ

---

۱ اکھ دُسرینو سبزی ۲ جماعتھ، مجلس۔

یم چھی واسدیو راز نی لاسے
یم کیتھہ روزَن پیالے ہیتھ

کورِہ ہندرِہ زینہ گَے کم سہہ شائے
اَتھَن کیتھ چھی مَس پیالے ہیتھ

مَنہٖ بُڈکر مازتے ترٛکرِ بُڈکر لیدرے
وِدری[1] بب پچھے سَب ہوران
مَنہٖ بُڈکر مازتے ترٛکرِ بُڈکر لیدرے
واسدیو رازِہ پچھے سب ہوران

واسدیو رازِہ نہٖ لاسے لالو
سِہ نہٖ شُند دَندِہ کھلاسے چھے
اَتھَس کیتھ دِ نومے امرِہ یترٛ[2] دونی
تِچہ رکِش درِژ مے زٛنٛدَن لشں
واسدیو رازِہ نہٖ بالہ گوپالو[3]
ناگرِ ہی پن کھور تھالن کیتھ

چیؤن کیت امرہ یتھ سفارہ تھالو
لاسں کیت کھورسے ناگری پن

---

[1] اکس جانورہ شُند ناو [2] آب حیات۔ مُتبرک پونی [3] بھگوان کرشنہ شُند اکھ ناو۔

تریشہِ کنہِ امرہ ہتھ گگرِ گگرِ چاوِی تون
بالا دَرِہ پیپھڑ بیٚہہ ناوِی تون

ناران جُوہِ نےٚ گنگہ[1] زل چاوِی تون
دشرتھ رازہ سنے بیٚہہ ناوِی تون

بھشمکھ رازنی زُنہِ ڈب ہاوِی توکھ
بالا دَرِہ پیپھڑ بیٚہہ ناوِی توکھ

یِم دۄی شاہ زادہ سانی چھی بوان تتے
پرژھی توکھ مسندہ کیتہِ دَنتھروکھ

ہرازس سیتی سالہ آییے
کرمہِ[2] وان دَرمہِ سباشیے[3] بیٹھی

یژھ سان پرژھ سان بیٹھی شروٗژ جایے
یژھایہ بوزن چھک تیار

خوش گوٚے ایشرہ یی یژھایے
کرمہ وان دَرمہِ شُبایے بیٹھی

---

[1] گنگا یہ ہُند پوٚنی، ترکیاژہ یہ چھُ مُتبرک مانہِ یوان [2] یمو رژ عمل کرِتھ پُن تقدیر اُلٹس منز روٚٹ۔ مردانِ مومن [3] پزہ چھِ مجلسہ۔

تازہ تازہ بوزَن رَ ننے آیے
مازہ روُسس ہشدہ رود کھ حاجت

رازہ بیبھٹو تَبہ وازہ بائگر بز دڑایے
کرمہ وان دَرمہ سبا سے زبیٹھو

بوزَن کھیتھ یئلہ آنگن ژاے
ژفت[1] گے تہشرِ سیوائے[2] سیتی

تتہ منہ لگن وھوزُ دارِہ پوزائے[3]
کرمہ وان دَرمہ سبایے زبیٹھو

سوٗزِ سوٗزِ بیٹھوو منز پوشہ وارے
کار نوٗگ مارے تربُل بوٗلُس

واسہ دیو رازنی گاٹج کوٗری
پاٹیوٗ مسند[4] کرہ نووٗ یے

واسدیو رازنی دانِنی کوٗری
مسند وَتھرمے کاٗنی پیٹھ

دِدرہ چھِر بولان پرباتہ[5] کالس
تتہ کوٗر مسندہ لاٗس کیٗت

---

[1] خوش، شادمان۔ [2] راضی [3] خدمت، فرمانبرداری [4] تفصیل چھُہ برونہہ درج [5] پربات، صُبح۔

ژٕرے کیُت منندٕ کوٚرمے شامے
بَبَس پچھُے رادمے شا[1]مے ناو

ژٕرے کیُت وتھرُن کوٚرمے کالے
بَبَس پچھُے لالہٕ گوٚپالے ناو

چھِٕ ڈکری رُؤٕ نین تے فرش کری اڈنگوٗن
وتھرُمے بادشاہ سُنگن پیٹھ

کوٗرٕ کو مارٕ چھ پازیب[2] کھورن
وتھرمے شہجین بوٚدٕ نین تل

وُردنس چانِس سوٕ نر تِیِترٕ[3] کاڈھی
کوٗر چھ چک بلرام جی یانی

ڈکھس پچھُے کرشنہٕ جوٗبب دَشہٕ راوان
کوٗری چھاوُن پیڑٕ ژھی نے

وُردنس چانس سوٕ سندی ٹیکو سے
دوٕ ٹھی ڈیکہٕ بجُیے ٹنگنس کھَس

گنہَس چانِس پنجہٕ رنجہٕ ہوٕ نرے
کسُے کوٗری ہیُوٕ ٹھے سوٕ نرے وان

---

[1] راداپیہ ہُند شام مطلب بھگوان کرشن [2] اکھ زیورٕس گوٚڈن منز بند چھ روزان
[3] تو بیہ رکام

ڈلیے موہرہ ڈیٹھ ہیوٚر گوٚرٕسے بیہ گونٛدری

چھاوہم سنہ ندری نتہٕ کرٕے ہیوٚ ہیوٚ

وِیُوگ[1] لیوٗکھٹہ سَمہ سَمہ جاییے

بِنٛنہ پانہٕ کرشنہٕ بھگوانٕنی

وِیُوگ[1] لیوٗکھوٗیے سَتے رٕنگے

رٕنگے او یے پرمیشور

وِگِس چانِس شرٛاہ گرے

ماَتشرتے مرید[2] برائیے

وِیُوگ لیوٗکھوٗیہ جانہٕ وار کرِتھ

پانہ بھگوان او یے لیکھانٕنے

وِیُوگ لیوٗکھوٗیہ لال انبارٕی

موٗرت[3] پچھے کرشنہ بھگوانٕنی

وِگِس چانِس اندِلہٕ وتھر

شٕتھرٕ سے بیوٚیہ پادٕن تَل

---

[1] مختلف رنگن ہند آنگنس منٛز تروومت سہ منڈٕل یتھ پیٹھ جہرانہٕ تہٕ جہرینہ مشرقس کُن بُتھ کرٕتھ روزان چھہ۔ جہرازس چھہ جہرینہ کھوورٕی کنہٕ روزان [2] چُونہٕ [3] شکل وصورت۔

ویگِس چانِس سۄنہٕ سُنزٕ ژٔرے
مرہٕ کٔرۍ ہپوشہ پمپزلان چھُکھ

دیُوگ لیُہ کھۄویو کونگہ تے پینڈے
یٔنڈرازس کر نمسکار

ویگِس چانِس کرم پوشہ تھٔرے
گھرہٕ لیُہ کھۍ ہرہ ژٔند[1] رازٕ آئی

رژھ رژھ لیُو کھے کۄڑہ کرہ دیُوگے
راجہ ریتہٕ راجہ تھوٚد ویگِس پراس[2]

دیُوگ لیُو کھے دیُوی راجہ تھٔرۍ دچھنہ[3]
مالی سندہٕ اچھن ہندہٕ گاشرہ

ویگِس چانِس گل سگے روشن
چھٔے دٔن پوشن پھُلیا جان

---

١ ہندو دیومالایہ منز چھُ راجہ ہریشچندر اکھ دَرمہ دان تہٕ پژی بور راجہٕ ہاونہٕ آمُت۔ اُمی راژن اُسی تیتھ سۄ کرم کٔری متھ زِ یندرازس اوس خطرہ پادہ گومُت۔ تمۍ اَنہٕ ناوٕ اُمس وِشوامترس اَکِھ بڈٕ سختی، مگر آخرس گوُشتہٕ ناکام ٢ شہ تۄتُل یُس ویگِس بیٹھ مہرازس تہٕ مہرینِہ ٹاکین منز برونٹھ کنہٕ تھاوان چھہ۔ ٣ دکھنا۔ شہ معاوضہ یُس گورس رسم نکھ والِس بدل دِنہٕ چھُ یوان۔

واسدیہ رانزٕنی گٕگ گے روشن
نُسرٕ نُس تہٕ کرٕنُس پوہ ترٕسے کار[1]

دیوکی ماجے دِل پچھےٚ توشن
سِچھمے ون پوشَن پھٕلیا جان

اورہ آو ناران اَسہ ٹوگ شیرٕسے[2]
تیزٕ وُس نرہ ہےٚ آلہٕ ناوٕسس

رٕت نے سرس دِژسےٚ تھےٚ ژھالے
رٕت سےٚ[3] نے ژاٗمنگجہٕ آلے وُس[4]

دیوکی ماجے دِژسےٚ تھےٚ ژھالے
رٕت نے ژاٗمنگجہٕ آلے وُس

---

[1] گوٗبرازی ۔ خدمت گُذاری یوسہٕ گوٗبرس مأرِس ماجہ واتہٕ کرٕنی [2] قبول کوٗر ۔ پسند کوٗر ۔ کلس بیٹھ دِژٕس بجاے [3] توٗ ملہٕ آٹکو بناوٕ رِتی ژاٗنگی یم تھالس ہنز توٗ ملس سیتر تھاونہٕ یِچھ یِوان تہٕ مہرازس تہٕ مہرٕینہٕ کلہٕ پیٹھی چھ ڈالنہٕ تہٕ پھرہ دِنہٕ یِوان ۔ یم ژاٗنگی یِچھ یٕزمن بھالبے مہرازس مہرٕینہ کلہٕ پیٹھو پھرہ دان [4] پھرہ وُس، ڈالُس۔

# دارٕ پوٗزا[1]

گھٕ ڈٕہ آو ناراں کل شیچہ[2] وِزے
اوٚہ آو وشِشٹ[3] جی دارٕ پوٗزے
گنیت صابٕنٕ ہا جبل وستو[4]
وستو کرٕ یو دارٕ پوٗزا

---

[1] ہوورکِس گرس منز اَتِھٕ برٕھ نِھ چھِ مہرازس تہٕ مہریٖنہ دروازس نِشہٕ پوٗزا کرنہٕ یِوان - اَمہٕ وِزِہ چھِ اتھِن گورس علاوٕ یٖزمَن تہٕ یٖزمَن بابے تہٕ آسان - یِم سأری کاشُروائی آٹھن تِم چھِ مہرازس تہٕ مہریٖنہِ پوٗزا کران - اَتھٕ رسمس چھِ دارٕ پوٗزاہ وَنان [2] منڈل - پوٗزا یہٕ ہنز جاے [3] وشِشٹ چھُ ویدک زمانہٕ کِس اَکِس موشوٗر ریٖشہٕ سُند ناو - یہ چھُ رگ ویدہٕ چَن داریاہن لیلائن ہُند مُصنّف مانٕنہٕ یِوان - یہ چھُ برہمن ہُند بوٚڈ طرفدار اوس مُت - ویدن منز چھِ باقی ریٖشِن ہِنٛز اُمی سُند بجر داریاہن جاین ہاونہٕ آمُت - پوٗرانَن منز چھُ وَننہٕ آمُت زِ ہُدُو اپریوہ گس منز چھُ وشِشٹ جی ویدن ہُند ترتیب دِنہٕ وول - وشِشٹ جیس تہٕ وشوامترس چھُ بانہٕ وأنی صلاح اوسمُت [4] ناہِھ - عزیزہ

مہرازہ آو تتےٚ ژاو بجہ بَرنے
پاٹھ پُوٹھو[1] واٗلی توس پرنی کرٕنہٕ

بھشمکھ رازٕسے ژاو بجہ برنے
کورہ آو واسدیو رازاٗنے

بلرام جی نے بیٚنہِ آو ورٕنے[2]
پاٹھ پُوٹھو واٗلی توس پرنی کرٕنہٕ

مہرازٕ چون آو برتھاو وُتھی یے
لُتھی یے سینا پُتی یے[3] آو

واسدیو رازٕ نہٕ بَرتھاو وُتھی یے
بھشمکھ رازہ سیناپُتی یے آو

کُوری کمارِی نیٚندرِ سے وُزتے
ارَزن دیو دارِسے پُوزسے آو

ہیرکینہِ آو سوئے ہُتی تِس کھُتھ
وٕرِستھ نترٕ گرٕس مالی دارہ پُوزا

---

[1] کتاب۔ بتہٕ چھہ عموماً پاٹھ کتابن یا اَتھہٕ سیتہٕ لیچھمژن کتابن پوتھ وَنان [2] نیٚنترٕنی کرنہٕ [3] سِپہ سالار۔ فوجک زیٹھ۔

واسدیو راۂنس اُلِہ تہٕ رِوہ نگس
اُلِہ تہٕ روہ نگس چھِہ دارِہ پُوزا

دارِہ پُوز کر مالِہ ریشِہ کوٗ مارے
دارہ پُوز کر مالِہ سالِہ گرامس[1]

بِھشمکھ راز ہٕ نہٕ ریشِہ کو مارے
واسدیو راز ہٕ نِس سالِہ گرامس

بِھشمکھ راز ہٕ نہٕ لوہُوری طوطو
ہو وِری دارس پُوزا کر

انگ ترہٕ سنگ ترہٕ مُو تیا باغس
پارِنچہ جہ یہ ستہٕ کھتہٕ آکاشس

راجہ چانہٕ اَنہٕ مے پوشہٕ گوندرے
سوندری کرہٕ یے دارِہ پُوزا

دِنہٕ دِہٕ رژھہ سورگے دارِ ے
دارِ ے کرہٕ یو دارِہ پُوزا

چانہٕ ست سنگہٕ[2] ستہٕ گنگا دژا یے
دارس کرمہٕ کرڈُول دارے کھوُ

---

[1] ٹھوکُر ۔ خوبصورت مُورتی [2] رُت کلامہٕ

رنگہٕ رنگہٕ رنگہٕ ول[1] ہیچھو گنگہ آرٕ ے
وارٕ ے کرہ یو دارٕہ پوزا

ہرہ ذرٕشبہٕ[2] دارس کوٗر ہرہ دارٕ ے
داسہٕ ہاوہ راشس آو کاٗلاس

کرٕ ٗول کھور لبہ لبہ پوش پھُلٕ وارٕ ے
وارٕ ے کرہ یو دارٕہ پوٗزا

ویدٕہ[3] رستہٕ شیوہ[4] ویدہ کے اوٚمکارٕ[5] ے
شکدیو[6] تہٕ ویاسس چھی وید وکھنان

---

۱ اکہٕ پوشاکہٕ ناو ۲ نظر ۳ وید چھہٕ تیداد منز ژور تہٕ یمن ہندک ناو چھہ یم - رگ وید - یجر وید - اتھر وید - سام وید ۴ لفظ شیوک لفظی مانے گوٚ خوش تہٕ نیک اقبال نہٕ بلند اقبال - تر مورتی منز چھہٕ یہ تریمس دیوتا سند ناو تہٕ تمہٕ چھہٕ یہ تخریبچ نشان دہی کران - ویدن منز چھنہٕ شیوسند ناو لیلاین منز موجود، مگر رزمیہ نظمن منز چھہٕ امہ سند بجر ہاونہٕ آمت تہٕ تانترن تہٕ پورانن منز تہٕ چھہٕ امس دیوتا سند ناو پھرنہٕ آمت - شیو سندی پوزن وٲلی چھہٕ امس تر مورتی منز گوڈنکس دیوتا سند درجہ دوان - تمن نشہٕ چھہٕ شیو سارنی دیوتہن ہند سردار - شیو پورانس منز چھہٕ امس داریاہ ناو دنہٕ آمتی تہٕ چھہٕ تقریباً تقریباً سارنی مرکز ہاونہٕ آمت - شیو سندی پوزن وٲلی چھہٕ امہ سند لنگ بناوتھ امس پوزا کران - ہندو دیو مالایہ منز یم ناو شیوس چھہ تمو منزہ چھہ کینہہ یم - ترہ نیتر - گنگادر - کال سمہاری - الیشر - مہیشر - رودر - مہاروہ در وشنو سندی بأٹھی چھہٕ بھگوان شیوس تہٕ اکہ ساس ناوہ - ہندو دیو مالایہ منز

گھٹہٕ وانہٕ یوٚہ مس پچھے سوٚ بہ تارنے
وارٕے کرٕ یو داپہٕ پوٗنزا

---

چھُ پنہٕ شِوٕ سُند کانٛہہ اوتار ہاونہٕ آمُت۔ کینٛژن جایَن چھہ بأرُو شِوٕ سِند کرٛ سنتان یا اوتار گنٛز راونہٕ آمِتۍ۔ شِوس سیتۍ وابستہ مختلف تصوٗر چھہ یِم ۔ (۱) سمہار مورتی (تخریبی پہلو) (۲) دکھشنا موٗرتی (یوٗگک پہلو) (۳) انو گرھا مورتی (بخشش ہُند پہلو) تفصیلہ خاطرٕ وُچھِو وُنِن کتاب بیَیِس جایہ) ؎ لفظ اوٚمس چھہ کینٛہہ آسمٲنی تصوٗر وابستہ آسنہٕ سیتۍ ہندو تمدنکہ گوڈہ کالہٕ پیٹھہ کأفی بجر حٲصِل رُودمُت ، امیُک اصلی مطلب چھُ پزٕہ دِلہ اقرار کرُن ۔ مگر امہٕ لفظُک تأریخ سیٹھاہ پرٛوٚن آسنہٕ کنۍ چھُہ امیُک معنے ووٚنۍ سیٹھاہ چھکرنہٕ آمُت تہٕ اَتھ چھہ الگ الگ مطلب کڈنہٕ آمِتۍ۔ وید پرٛن وول چھُ امیُک پرُن" اوم "کرِتھ شروع کران تہٕ " اوم" دِپِتھ پرُن بند کران ۔ ؎ شکدیو چھُ اَکس ریٚشی سُند ناو باگوت پوٗران چھُ اَمی سٕنزِ زبأنۍ وَننہٕ آمُت۔

؎ ویاس چھُ تِمس مہا ریٚشی سُند ناو یمِس نسبت وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہ چھہ وید، مہابھارت، پوٗران ، برہمہ سوتر، دھرم سوتر بیترٕ کتابَن ہُند ترتیب دِنہٕ وول۔ روایتہ موٗجوٗب چھُ شہ پرسرا تہٕ ستیہ وتی ہُند نیٚچُو اوسمُت۔ دوٚیمہِ روایتہٕ موٗجوٗب چھُ یُہ ہے ریٚوشن کورُن تہٕ پانڈون ہُند بڑٕ بَب اوسمُت۔ دِپان شاہمہٕ رنگہٕ آسنہٕ کنۍ آسۍ اَمِس کرِشن تہٕ وَنان ۔

؎ نیک عمل ۔ نیک سیرت۔

نو دار ژروپ رِتھ دارناوِ دارُے
جٹا[۱] دارہ سنکٹہ[۲] رٹِھ چھون دھیان

پاۄن تِل ژسے یندرسے[۳] مارُے
وارَسے کرہ یو دارہِ پوٗزا

وُز سون وُیکو نہٹھ[۴] بوہنہ وارہ کارُسے
کھٹِن منز اُگچھ پانہٕ تیٖشر[۵] تھ

ژندکہ سوہ باۄہ[۶] دژاو دیودا سے
وارَسے کرہ یو دارہ پوٗزا

لگنس ویلہٕ[۷] ووت ویدنی وار[۸] سے
اَگنس[۹] بیٹھ چھی پژاران دیو[۱۰]

گوہنہ وانہٕ سوہنہٕ ہیرہٕ کھس وارہ وارَے
وارَسے کرہ یو دارہٕ پوٗزا

اورہ آسے ستہ ریٖشی[۱۱] یورہ دژاو پانڈو[۱۲]
کھَس سا مُنڈُل چھُسے وہراوِتھ

---

۱؎ بھگوان شنکر ۲؎ مصیبت تکلیف ۳؎ خاہشات ۴؎ جنّت۔ سورگ
۵؎ سوہ جای یَیتہٕ کانہہ دوی دیوتا آسہ نہٕ ژُکھ آسُن تور گژھان ۶؎ خصوصیت
۷؎ وِز۔ وقت۔ موقعہ ۸؎ تشریح کرہ۔ باوِہ۔ وکھنہٕ ۹؎ نار ۱۰؎ دیوتا ۱۱؎ دیومالا کہ
موجوب اکھ ریٖشی جماعت، آکاشَس بیٹھ تارکَن ہُند منڈُل یتھ ستھ تارکھ
چھہ۔ سپت ریٖشی۔

اوره آو بھشمکھ رازُن پانڈو
واسدیو رازن ڈُسس منڈلس بیٹھ
اَن مالہٕ پوشے ببرے لوُٹے
سوُٹ وَسہ ہیٖرہٕ تےٚ وتھراووس
سوبھرِتھ کرشنے جوُٹی پانڈو
کھسَ ساٗمنڈُل پتھے وہراٗوِتھ
سہ ٹھُکہ ہیٖرہٕ کھوت کھسہ پھٹکہ دِتھ ژھاے
ژھانڈان اِیشرہ مایاے
ہیٖرہٕ پتھے سمندرتےٚ ہیٖر داٗنتاوُہی
ہیٖرہٕ پتھے کھسان دیوا دیو
واسدیو رازن داٗنتوُک ہیٖری
بھشمکھ رازن دیوا دیو
پیٖوٗ مالہٕ برہمنوٗ گژھسو مالہٕ جما
کُرد مالہٕ لگنک سماچار

---

ا رُت، نیک بخت ۲ دیوتھن ہند دیوتا ۳ صلاح مشورہ۔ سرانجام بندوبست۔

# لگن

آہی[1] کردارہٕ دارٕ ے لگنس[2]
کھس کوٗری اگنس پٔریدی کھین کرٕ[3]

بیبہٕ مالہِ برہمنو کھٕسو سانٕہ ہیرے
لاگیو مالہِ ٹیوٗک پوشس ارگ شیرے

کھٕسو مالہِ واسدیو رازٕ نٕہ ہیرے
کورِ کمارہ دوت وے واہ کار[4]

---

[1] دعائے خَیر۔ اکھ گاشک ناوٗ یہ چھُ داں کھٔہَن آسان [2] لگنس چھُ بٔڑ
کھاندرس منٛز سٕوی اہمیت حاصل یوسہٕ اہمیت مسلمانَن منٛز نکاح ذِکر بیترِ
پچھین چھُ۔ اگنہٕ کوٚنڈس ثروٚنٛٹھ کنہٕ چھُ مہرازہٕ اقرار کران زِ سُہ والہِ پننہٕ
سیدَن واجنہٕ زنانہٕ ہندی سأری فرأیِض نِبھِ تہٕ تٔس رُوزِ وفادار۔
رٕ سِتھے کنٛز چھُ زنانہٕ تہٕ پننین ذمہٕ وأرِیَن ہُند اقرار کران۔ حسابہٕ موٗجوٗب
چھُ کھاندرس لگن سیدنٕس سیتۍ ژھٕیس لگان [3] طواف، گتھ، اَندی
اَندی چکر [4] نیترٕچ وز۔

روہنی چھ پٔراران زٔنڈرمہ نیرے
کورہ کُسمارہ ووت شے واہ کار

شمع چھے پٔراران پونپُر پھیرے
کورہ کُمارہ ووت ویواہ کار

گگنہٕ ٹیکو دیوتا کامُلاسہٕ سأری
سون ولہ ووہ ما[1] بڑأری سیے

برٛہما جی[2] آیے یہ اُزی کُس ساتس
وشنن تہٕ شوجی سیتی ہیتھ

تہٕ کارٕن[3] مہاریشی آیہ یوت ساتس
راتس کرن چھُم وسے واہ کار

---

[1] پُرانن منز درج روایتہٕ مُوجُب چھُ ووہ ما بھگوان شوسُنز کھاندار نہٕ ناو اُمس چھ بیہ واریاہ ناو، یمو منزٕ کینہہ یم چھ۔ دُرگا، دیوی، کأملی، پاروتی بھوأنی، کاتیاینی، امبکا، ہیماوتی۔ وُپان ووہ ما چھ ہمالہ پربتن نہٕ دیوی مینا ہنز کور۔ کالی داسن تہٕ نظمہ کمارسمبھوک تعلُق تہٕ چھ شوہ تہٕ پاروتی سیتی۔

[2] ہندو فلسفہ تہٕ دیو مالایہ مُوجُب تخلیقُک دیوتا (تفصیلس چھینہٕ وَتھ)

[3] بھگوان وشنو چھ تریمورتی منز دوییم دیوتا۔ عام تصورس منز چھ اُمس پالن ہار یا رچھن وول مانان۔ ویدک زمانس منز اُس یہ اُمس زیادہ بجر تہٕ تھر، مگر وقت گذرنس سیتہ گییہ اتھ سنز اہمیت ہُران۔ وپان چھ نوبیلہ تہٕ دنیاہس

ساو تریٚ[1] ہیتھ پیٚلہٕ نیرٕ پٔر بھاقس
راتس کوٗر واٴجی نکھ ژوٚترے ویدِکۍ[2]

ہیرے کھسان چھک پوشے گوندرۍ
واٴج مکھ نیٚتھندرے وُزہ ناٴوِتھ

مرٕژھ گرٕ مرٕژھ گرٕ رِچھ گرۍ واٴجی
کوٗرۍ گِندن بوج ہیٚے اوے

شُلہٕ پھوٚل گِلہٕ ژوٗر آو کیا کرنے
یِمبرزلہٕ لولہ برنے آو

بِشمکھ رازہٕ کیا یور آو کرنے
کورِ کُمارہ آو لول برنے

نیترٕ آو لگنک ویداہ پرنے
یِمبرزلہٕ سنبل پوشس وانے آو

---

مٔنز تباہ کاری کلہٕ ژٹلہٕ بھگوان وشنو چھُ پانہٕ اوتار دارٕنہٕ اتھہٕ ڈالان۔ دیان
اُمی چھہ وُنِستام داہ اوتار داٴرِی متی۔ یِمو مٔنزٕ کینٛہہ چھہ یِم۔ پرسرام۔ رام ژندرٕ
کرشن تہٕ بلرام۔ بھگوان بُدھ۔ کلکی۔ بھاگوت پُران چھُ وَنان زِ وشنو
بھگوان چھہ زٕ تووُہ اوتار داٴرِی متی۔
له دیومالایہ مٔنز اکِس زنانہٕ ہُند ناو، یُس پنٕنس رٲنس وِچھنہٕ ۲ه ژور وید زانان اوس۔

ییٚتہٕ پیٚچھ گوسے شارکا یہ شرہٕنی
شارکا ڈیٚتھِن وید پُران

رٕچھمنہٕ کرِشنہٕ جوٗ آمٕت وٲنسے
ییمبر زلہٕ سۆمبُل پوشس وٲنسے آو

کمی کوٗرِ کوٗرسنے رۄہنِن پن تیے
وٲنتے نٲگ اَرزُن[۱] ہیٚے آو

واسدیو رازن کشمرِ من ستیے
دٲرِتھ دیٚتمُت پولاوس

نٲلی چھس کھٲلی مالہ تنَ زوتن تیے
وٲنتے نٲگ ارزُن ہیٚے آو

واسدیو رازن سعہ نہٕ رۄپہ من تیے
گورن دیٚت کورسے مٲنتر آدِتھ

نی بوز دیو کی شہلس تن تیے
وٲنتے نٲگ ارزُن ہیٚے آو

شیرس گوٚندتے گندہٕ بیٚٹھو ناجا
راجا بیسرول دان[۲] ہیٚنہٕ آو

---

[۱] اگرِ کاشرِ لوک کہانی ہندہیرو [۲] خیرات۔ بخشایش

وومن[۱] ہُر کرسی دائنتوُ دَن تے
اُرزن ڈیو یوّت دان ہہنہٕ آو
بھشمکھ رازن کرُ لانکرن[۲] تے
وَنتے کمہ یزٕھ دان ہیٚنہٕ آو

ارزن دی وو بادشاہ پسندو
ہوڈورہ بیوٗ ہٹھم مَسندس
مسندہِ قالینہٕ مخملی تکیہ یاہ
سنخو شند گوبر بیوٗ لھ تکیہ یاہ دِتھ

یتھہ مارپیچس چتمو حُقے
یم ووہ مہ رآیی چھی اَتھہٕ دآرتھ
مارپیچ نلہِ چس کلیانہٕ بردار
یم سردار بیھٹی دارن پیٹھ

باغس کوُرمے پوشہٕ وتھرونے
وُنی دیوٗ لوکن کائتیاہ آے
بھشمکھ رازنہٕ پوشہٕ وتھرونے
وُنی دیوٗ لوکن کائتیاہ رُودی

---

۱ اگہ قسمک کاشوٗ اُتھ چھ تریہ پاٹہٕ آسان - یہ کاشوہ چھُ گور بڈہن دوہن پیٹھ استعمال کران ۲ درج - ہیٚوت دیت .

سونے پنجرس موختہٕ جراوِسے
یتھ گرہ وَتھ کمی ہاواسنے

گوڈٕ آو ناران چھُژن تیٚنِہ ووسے
ہیٚتہٕ واد ہٲرِتھ زیٖن کرِتھ
یورہٕ دژاس واسدیو رازہ سون سوٗسے
یتھ گرہ وتھ کمی ہاواسنے

اورٕ آو لالِہ تیٚ گنز ری توس ہالے
پرژھر توس کمہٕ کش لے آکھ

تیٚلہٕ کونہٕ آیے وہ یمنی کوچن
ییٚلہٕ آسہٕ موختہ اوس پوژہ لوشچن
تیٚلہٕ کونہٕ آسے وہ یتھ بازارس
ییٚلہٕ آسہٕ سون اوس بروٹھہٕ دارس
ژُھر چھِم کرشنہٕ جُو موٗرلی وایان
ژتہٕ بُزو لشنہٕ رُوپہٕ ناراین
پھیٚکے پیٹھ سچھے پونبر[1] زیٹھی
لگنس بڈُسے ہٹہٕ ناراین

---

[1] اکہٕ قسمک ڈسہٕ

گُورِہی رِچھی مکھ دوٗدہٕ سیتی سگہٕ وان

ہرہٕ بھگوان ہیٚے پاران پُچھے

سمہٕ منٛز[1] ساوٕدان[2] روز اچھ داگری

ہاگرہی داگرِ وکر وا سنے آئی

اَسہٕ رِچھی کوراہ آتھمنہٕ[3] ناران

رِہتھمنہٕ کرشنہ جو اَتھ داران

شیرس لاگے کَرِ پوشہٕ پُچھی یے

سَنتی یے ووت یے وسے واہ کار

دربا[4] ویٚر نکھ ہا گنپتی یے

سَنتی یے ووت یے وسے واہ کار

شونا تھ ورنہٕ اوسے پارسے وُتی یے

سَنتی یے ووت یے وسے واہ کار

جمنا[5] شاردا[6] پُچھے سیتی سیتی

نمنا پاوَن گنڈ ہیٚے سوٚن

---

[1] پُزہٕ دِلہٕ [2] قرار کرِتھ، قرارہ سان [3] امانت [4] اکس دیوی ہُند ناو [5] اکھ موشوٗر دریاوُک ناو۔ اکھ دیوی [6] اکس دیوی ہُند ناو۔ برقہ کالہ اوس کشیرِ منٛز اَمی سُندِس ناوَس پیٹھ اکھ علمی ادارہ۔

بُوتی شوہرِ ورنہِ اوسے راگ نیابھگوتی[1] یے
ستیہ یے ووت یے وسے واہ کار

منگلا دیوی[2] ترِ کائلی[3] آ یسے
بڑھما اوسس کران دارِہ پُوزا

زالالاپہ[4] لمبودرن[5] بیٹیہ گنپتی یسے
کرُکرہے پونپرہ پوشِہ ڈوری

بالہ ہامہ بالہ کاشہ[6] وَنہِ وُن ہیوت یسے
سُتیہ یے ووت یسے وسے واہ کار

اکِن گامہ شیوسے[7] وَنہِ وُن ہیوت یسے
وِدہ[8] ترسہِ وِدہ مایہ کرُنئے جا سے

سائِس رُوز لِکھچی وِدہِ ذیٹتی یسے
ستیہ یے ووت یسے وسے واہ کار

---

[1] اُکس دیوتاسُند ناو۔ یتھ بوتن ترِ راکھسن ناش کوٚر [2] اکِس دیوی ہُند ناو [3] پاروتی یا وِدہ مایہ ہُند بیاکھ ناو [4] اکِس دیوی ہُند ناو (حِصہ اول وُچھو) [5] اکِس دیوتاسُند ناو [6] پونپرس نکھہ اکھ گام [7] اُنہرِشن کوٚر [8] اکہِ گاگُک ناو [9] اکہِ گاگُک ناو۔

نتر[1] سندھیا وُدرہ سندھیا پونہ سندھیا ییتی ییے

اگیان[2] ترأوِتھ بیوّن بیوّن ناو

وِشسٹ ریٚوش ہیٚے از پچھے ییتی ییے

سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

لچھمی[3] تر ہأری آیہ پرِبتر ییے

اشٹادشہ[4] بُزی سال کران

ژکرس[5] شعہ راوے ورنہِ بھگوتی ییے

سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

دِکھنایہ ویلہِ ییٚلہِ ووتے سُتی ییے

وِشسٹ مہراج تھال ہیتھ دڑاو

---

[1] یم چھ پچھ کالہِ ییمہٹہ کشیرِ منز بٹن ہند کو مشہور تیرتھ [2] غلط فلسفہ ژھٹہ کپٹ، جہالت [3] ہندو دیومالایہ مُوجُوب چھُ لچھمی بھگوان وشنو سِنزِ خاندارنہِ ناو۔ لُچھمی چھَ دولتچ تہ خوبصورتی ہنز دیوی مانِنہِ یِوان۔ دَیان لُچھمی کھژ تمہ وِزہ دودہ سِدرہ منز یمہ وِزِ دیوتا اتھہ آب حیات یا امرتھ گَنڈنہ باپت مندان آسی۔ اَمِس دیوی چھ پیدا شری تہ وَنان۔ ماگہ کِس رِتس منز چھُ اَمی سُند دوہ بڑو عقیدتہ سان مناونہِ یِوان۔ اَتھ چھ وَنان بسنت پانژم [4] ارکس دیوی ہند ناو [5] ارکس دیوتا سُند ناو۔ اَمی سِنز تھاپنا چھ پربتر نِشہ۔

پکھر دار[1] برہمنن دِن معہ ہرہ پھٹی ییے
سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

مُنزم یور معہ ہرے منگنہٕ آو یوت ییے
دِکھنا دِنہٕ وِزہ کور ہَسے یاد

[2]گُندہ گور ووہ د ہیتھ ووتے یوت ییے
سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

[3]پرکاشہ چانے گنڈ ژجی ییتھ ییے
[4]شری رامہ اسہ ووہ نی درشن ہاو

[5]اندھکار اَسہ کاسس مأج بھگوتی ییے
سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

پرمیشور سمکھی پار وُتی ییے
ہودنے تیز تے ژیہٕ تہٕ ہیوے گاہ

سنتان چانی سارِی ییتھ ییے
سُتی ییے ووت ییے وے واہ کار

---

[1] نزدیک رشتہ دار [2] گُورُ یمو بھگوان کرشن روٗچھ [3] گاہ۔ گاش تہٕ روشنی [4] بھگوان رام۔ وشنو سند اوتار [5] انہٕ گوٹ، جہالت، بہٕ زانُن

واسدیو راز نی کنِگ[1] چھم والِنز
اَرزن دیہ چھُس اَکھ دأرِتھ

کنہٕ[2] دان کوٚر تھو واسدیورے شو
بوٗمہ[3] دان ہیٚوت تھو بڑ ہے مَنن

دِژوہ مالہِ گاو گرُ بُتراتھ دانَس
ژور مہما[4] چھوہ کنہِ دانَس

یُس کرِہ بیتہِ[5] شتران بیہ ژوزہ سالہِ گرام
سُے کرِہ ستہِ وُہرے کنہ دان

یُس[6] تھال دان کوٚر گنگہِ دوٗنی پھران
سُے تھال بب چھُے دان کأران

کوٗرسأنی دوٗنی میلہِ گنگےَ وأرنس
سُے وَر کیہٕ شنےَ اوتأریے

---

[1] انہرِش کوٗر [2] اصلی لفظ چھُہ کنیا دان یعنی کوٗر خأرات دِنی۔ لگنس بیٹھ چھُہ ییٚن مَن کورِ بطور دان مہرازس دِوان یُس سُہ قبول چھُہ کران [3] زمین خأرات کرِنی [4] اثر۔ پھل۔ نتیجہ۔ حأصِل [5] دوہ دِشں [6] لگنس پیٹھ چھُہ تِم بانہٕ تہٕ دان پیوان کرنہٕ، یِم کوٗرِ سطرٲژ نِوان چھِہ۔ (م-ل-س)

یُس پھَل وُنِ دِتھ نیرِی نمُو نمُو
گُسے پھَل سائِنِس کنِہ دانَس

سعہ تہٖ سِنزِہ گنجے گنگہ وٕنہ ژِ پھیرِیے
کَرُوس مالِہ وارِہ وارِہ پُوزا ژہی

لچھمی تہٖ نارائینؔ[1] لگنَس بہتھ
وارِہ وارِہ کرُس مالِہ پُوزِ گرِیے ہَمَن

رُتھَس کھیتِھ ژھونڈِمے لوٗنے
دَرشُن وِیُت کرشنہٖ اوتارِی

گنگہ وِہُس[1] زنگہِ آیہ ہیتھ گنگہ دونی
لائِیے[2] بویے زیوہ وُنے چھے

یعہ سِہ بیٚنہٖ رِچھِتھ نکھہ تے کوہ پچھے
سعہ ی بیٚنہٖ کھڑیے گنگے وِہس

---

[1] مہرِ بیٚنہِ یِمہ سات لگنَس بہِتھ چھُہ آسان، تِمَس چھُہ اَنہرِشی کوٗر رواج موجوب زنگہِ یوان، یہ کوٗر چھُہ تَس مالِنہٖ طرفِ آسان - اَمِس چھُہ وَنان گنگہ وِہس [2] لگنَس بیہِتھ چھُہ کانہہ لعہ کُٹ مہرازَس تہٖ مہرِ بیٚنہِ لایہ چھکان۔ یہ چھُہ آسان مہرازہ سِندِہ طرفُک، اَمِس چھُہ وَنان لایہ بوے۔

بڈِی ببہٕ سنزی گیتا کوٗری

ورقہٕ ورقہٕ پٔرنِکھ مالی پٔنٕنی

ورِتھ ہتہٕ نی نِکھ رازٔے پوٗتری

سون آو کرشنہٕ جوٗ اوتارٔری

بڈِی ببہٕ سنزی زپے[1] مالی

پھلہٕ پھلہٕ پھرکھے مالی پٔنٕنی

مالی تراوٲیے رازہ کمارٔری

سون آو کرشنہٕ جوٗ اوتارٔری

موختس منز زٔن لال پرٛیز لأنی

گوٗر سأنی لانہٕ ووٗر نارأنی

روٗزِتھ گوٗنڈمے دربہٕ وٲشہ ٹھوٗرٕ[2]

بوٗزِتھ یتہٕ ایشر سوٗنے آو

شلہٕ ووہ تھوٗ پوشو پرباتٔ آوے

گوڈٕ پھوٗلہٕ ہیمبرزل اوہ باوے

---

[1] تسبیح۔ مال [2] دربرٕ گاسہٕ تُل۔ بٹن ہند عقیدہ چھُہ زِ دربہ گاسہ چھُہ پوٗیتر (پاک) تہٕ یتھ چیزس پیٹھ یہ تھاوِنہٕ ییہ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ بلاے پران۔

ستہٕ وُرِ کرِشہ اُیے مُنزِم یأرۍ
گوٗری سأنٛز رازہ کُمأرۍ یےٚ
بۄہما کرِ میٚہ لیکھا[1] لیکھنہٕ آوٕ‎ے
گوڈٕہ پھعہ لہِ یُمبرزَل اَدٕہ باوَے
دِیُت مےٚ دِوٕہ گون[2] گوٗری کُمأرۍ
دیوتا اُسی وید وکھنان

سبھدرا گوٗرہ سأنٛز دِوٕہ گون پڑاوے
گوڈٕہ پھعہ لہِ یمبرزل ادٕہ باوے
دِمہٕ یے سطرات[3] گوٗری کُمأرۍ
تھال ڈوٗر جگ بنیہ چھجہٕ گلاس

ماجہ اُنی تھال ڈوٗری بَن زٕھونٛڈے کرٕونے
گوٗری کرمہٕ لأنِس نأمُس کار
وُچھمنے ذاتکس[4] پۄژ رٕھمے نے کرٕأنس
گوٗری کرمہٕ لأنِس نأمُس کار

---

[1] لوحِ محفوظ - تقدیرُک ورق [2] وُچھو کتابہ ہُنٛد جلد اکھ [3] تم باہ ژیم کوربہ مالنہِ سیتو چھہ دِوان تتھ چھہ وَنان سطرات [4] سِتارَن ہِنٛدِ علمہ موجوب تہٕ زینہ گرہ وقت نظرہ تَل رٔٹِتھ تیار کوٗرمُت زندگی ہُنٛد اکھ لائحہ عمل ہیو - اَمہٕ تَلہٕ چھہٕ نَنان زِہ زندگی منز کمہ سانہٕ کیا پیہٕ انسانس بُھگتہٕ -

ماجہ اوٚن سیٚے پٔلےٚ ہولےکے
بٔبنٔ ژےٚ گوٚرنے ڈٔکے سوٚن

دِمہٕ یے سمہ ون زٕسہ ف گوٗرہ کمٗاری
پاژِ گوٗراوٚن مےٚ پالٕھ کرِہ نے

ہیٖرِہ بعونہٕ گوٚنڈےٚ موکٕھ کیٖت دژوٗیے
کرِمہٕ لون چوٚن زٕت دژوٗیے

دِمہٕ یے وردٔن گوٗری کمٗاری
تاسہٕ کیمخاب تےٚ خاصہٕ اطلاس

پاروتی پرمیشورٕ زنگہ ژےٚ اسٕیے
کرِمے لون چوٚن زٕت دژوٗیے

پٔشن انہٕ پوشہٕ مالہٕ تازہ تےٚ لاسٕیے
دیوکی اتھہٕ گنٛڈہ نادائیے

پرمیشورشیٖر داٗرِتھ آوٕسے
کرِمے لون چوٚن پوٚتھ دژاوٕسے

شُلہٕ وہ ہتی پوٚشن وُلی کھسی بالس
لاٗسِس کرِہ وال مٔنٛنِ مال[۲]

---

[۱] اکہ خاص قسمک زیور یُس سوماں یوسہ مہرازس تہٕ مہرپٕنہٕ ویٚگس پیٹھ گنٛڈان چھِ۔

سحرگے گھرٕ کھٔے کو سمن پوشہٕ رنی
پوشے مالہٕ تئے دُسترک ہیتھ
ڈانڈلکؔ وَنہٕ چی رازٕ سے بائی
دیوہ راجس مَنگ منن مال

ہوور پوشوزیہ گولاب دستو
دستو گنڈیو منن مال
منن مال گنڈس مالہٕ چھتیس دستارس
گچھ گنٹھ وٹھروس سب زارس
مَنن مال گنڈیو لہ کیچے ہشے
یشہٕ زامتہٕ لالہٕ لسے ہم
مُنن مال گنڈیو صوبے دارسے
ارزن دی وِینہٕ بارٕ کریا شہ سے

---

لہ تم نارہِوَن وغیرٕ ہم پوزایہ بانٹ اندی اندی گنڈان چھہ تتہٕ کام معہ کلیتھ یارہ بلہ
چھہ تراونہٕ یوان ہے وُ چھو کیتابہ ہند جلد اکھ ہے سفید۔ خبر پرٕ وہ شہہ کالہ ما آسہ
ہَن مہرازس سفید دستارہ گنڈان، مگر ازکل چھہ رِواج زہ مہرازس چھہ کیسری
رنگہٕ دستار گنڈنہٕ یوان ہے عاشس منز۔ اقبال مندی منز شہ زنانہٕ۔
کھانداریتنز (بارٕ کریا)

ہرٕے معٕکھ چے ہرٕ گنگا یے
پُرش آیے پوشے مالے ہیتھ

دُشرِتھ رازٕ شیر دارتھ اُیے
رامے جُونے بارٕ ریا یے

مٕنٕن مال گنڈیو بَرٕے سٕمشر تھاجے
لو کھچے ماجے لول بوٗریو

مٕنٕن مال چانٕی اُذٕمے لالن
قندٕ پھٕلی رٔتھ ذندٕ مالن تُل

بختہٕ ۱ دٔتھ سلہٕ میانے منٕہٕ کٕے
شُختہٕ ۲ ناتھ گنڈٕمے مٕنٕن مال

مٕنٕن مال چانٕی ارگے وُتھر
شُتھر پے نے پادن تُل

مٕنٕن مالہٕ چانے نکو نکو ٹلکے
ڈیکے بوڈے نیرے ہم

ہارمن دوہن تے یوہ مین راٹٕن
ہارٕ ہندی بازٕ زہی بارا۔ بر

---

۱ بھگوان شِشو سندی ناد ۲ دُشمن۔ ناکارہ کا پچھن وائی

لگن چھی کران کانٛی اندری
سوندری رُوپ چون گاہ ژاوان

واسدیو رازنٛ ستھ دارِ مندری[1]
کمہٕ چھائی گرکنس دارِ تھٕ بر

وَرنہِ پُھیے آمت کرشنہِ جُو گوندری
سوندری رُوپ چون ژاوان گاہ

لگن چھی کران نوہ سرہ طاقس
گژاکس سانٛس چھ نستے وانٛج

واسدیو رازہ نس دیوان خانس
بھشمکھ رازس نامس کار
لگن چھی کران دیوان خانس
کری بھگوانس نامس کار

لگن چھی کران دُچھرنے دارے
ہارے برارے پیدسے سیتو د

کاٹلاسہٕ کوتر دارہ دارہ پھیرے
کورہ آسے واردی شیرہ لاگہ نے

---

[1] لفظ مندورہ ہند اوڈ ماٛنی نو یا برابری انہٕ باپت مخفف۔ (م۔ل۔س)

یہ ژ چھُوہ واسد یو رازہ ہنز نیرے
اَہرِس چھُوہ کھنڈٕہ تا پہ داش حاُل

نی زہن تھاوی زہن سار نی ہیرے
گوُرِہ واگِرِوی شیرِہ لاگنہ آے

اَستہ پھِر نستہ واُج گوُر چھک سائی
رازہ آو وَرنے ہینٛدی گورے

تازہ سعہ ہنز بَدن گوُلاب ترِ چھے
ہرِ چھے ساتھا کری پرِ ہدِی کھِن

مہترایہ ہُندُے معہ رلی دَر چھے
شیرِہ چھُس مکٹ[1] تہ اُلے ہار

نِشہِ چھَس رٕہمن یتیمی شندور چھے
ہرِ چھے ساتھاہ کرہ پرِہدِی کھِن

کاشی نگری ہندوہ شمبر[2] چھے
جبٹِ گنگا تے ہٹِہ واسک[3]

ہاروت سینتی چھس تمی شندور چھے
ہرِ چھے ساتھاہ کر پرہدِی کھِن

---

[1] تاج [2] بھگوان شِو شندا اکھ ناو [3] سَرُف، ناگ

زنگ رازُن سۍ میبر[1] پچھے
دھنش[2] رامہ جوٗ تُلنے آو

اجودھیاے[3] ہُندے شامہ سوندر پچھے
ہر پچھے ساتھاہ کرٕ پرٕدِکھن

بھشمکھ رازُن بوڈ امبر پچھے
ہِتہٕ بَدی رازہ تہٕ دیوتا آیے

گوکل نگری مھ رلی دَر پچھے
ہر پچھے ساتھا کرٕ پرٕدِکھن

گنپت یارُک لمبو[4] دَر پچھے
بُتھِس چھُس ہُران کوتاہ تیز

زنِشہ چھُس ولبا تمَ سُندور پچھے
ہر پچھے ساتھا کرٕ پرٕدِکھن

دمہ یہ رُتن[5] تہٕ سوٕنہ شِنزہ واجے
پھیری گوٗری واجے اتھہ[6] واس کر

---

[1] پرانہٕ زمانہٕ پتہٕ پسندہٕ موجوب بڈہٕ ہتندی کورِن ہُند خاندر کرنک اکھ طریقہ [2] کمان [3] بھگوان رامہٕ سُند راجدھانی [4] گنپت صاحب [5] لال۔ جواہر [6] لگنس پیٹھ چھ مہریِنز تہٕ مہرازہٕ پانہٕ واٹنی اتھہ وری کران۔ یہِ چھُ لگنک اکھ ضروری رسم۔

واسدیو بَبَن تے دیوکی ماجے
پھیری کُوری واجے اَتھ واس کر

چینہِ کُوری دِرِ مے شٔینیہ تٔرہ ناجے
پھیری کُوری واجے اَتھ واس کر

تہے کُور رٔچھہ مٔژ لَچھمی ماجے
اُمہ رِسی اَتھ دِیُن راز سَس پُچھے

ہیٹہِ گرِے کھاٲلی مال سٕتی دِمے واجے
پھیری کُوری واجے اَتھ واس کر

تہے کُور رٔچھہ مٔژ رادا ماجے
تیٚمہ نے ہیٚکہِ ہَس کانہہ نِہ رٔچھت

کھیون چھُس پولاو چینہِ دودہ زباجے
پھیری کُوری واجے اَتھ واس کر

اَتھ واس کران اَتھ ینہِ دٔلنے
کٔتھ کرَ لوہُر رٕی طوطَس سٕتی

اَتھ واس کران اَتھ رٔٹھ چیرٕے
کتھ کری سیرَے باٖجس سٕتی

[1] ٹیلۍ وٹھس کھور ژونوٗ تھۍ
گور زونوٗ تھۍ پرمیشور

لایہ بایہ لالیو لایہ چھکھ دوژھے
جمنا بیّنہ گرژھ واگری وہن

یٔس بوے رۆپھتن نکھہ تے کوچھے
سۓ بوے کھوت یے لایے بوے

سوہ ہنز سنزہ لایے چھک لایہ بالو
آیہ[2] درہ بایہ کر لایے ہم[3]

گدمکھ کرنڈہ تے دژ ہتھ شولے
ہار چھک طوطس بولہ نادان

سوہ ہنز سندو ردن دیت مے یورے
پسرس سوہ ہنیو دو راودے

نالی پیلہ ترژ دوہتھ دژ ہتھ شوۓ
ہار چھے طوطس بولہ نادان

---

[1] آرہ کنز - سخت کنز - دژ کنز [2] زیٹھ ومبر تھاون والہ - وائٹہ زیٹھ [3] لاین ہند ہون - لایہ ژاد ارگنس منز -

کنَن ہنٛد ڈینٛجہٕ ہوٚر دیٖت مے یورٕ
سُے کوٗرۍ پوٚشنے تہٕ واٲتۍ نے اَند

کتَن ییٚلہٕ ترٛووُتھ دِژ تَھم شوٗلے
ہأرِ چھےَ طوطَس بولہٕ ناوان

دۄہوری طوطہٕ تےَ کأشرِ ہأرۍ
تہٕ ہہ دوٚن کتہٕ گیہٕ پأرۍ زان[1]

رازہ سِنٛدہٕ گوٚبرہ تےَ وزیر کوٗرۍ
تھٕہنزۍ جوٗرۍ چھےَ بأرا بَر
آکأشہِ بٔژار[2] ے کوٗنٛش[3] چھٕنہٕ کھورَن
پدٕر دِی ہیٛرہ سِنزَن محہرن بیٛھٕ[4]
ستہٕ وہۍ پونسو پیٚنٹھو پکہ ناوہکھ[5]
گُتٕرے پننے بتٛون ژرأو ہکھ
کارَن[6] دوٚنی رٕڈٕ ماجہٕ پارو تےَ
کارَن بوٗزِتھ ھلمی دار

---

۱ واقفیت۔ زان پچھان ۲ ایسرایہٕ۔ پرۍ ۳ کھورباںٕز ۴ لگنس بیٛھٕ چھ مہرینٛخ تہٕ مہرازہ ستو پونسو پیٚنٹھو پکان ۵ کلشہ ڈوٗنی۔ ییم بأگراونہٕ چھہ یوان۔

وارہ دِی ہمہرسس نیرِ نۓ ہتھ یے
سُتی یے موکھ لقواٲگنس کُن

سمہ نہٕ وِس لقالَس رفہ پہٕ پندِر کھوٗری
کوٗری کھارِ یۓ دِیہٕ بَتہٕ[۱] ہَن

دَیہٕ بَتہٕ کھورمَے پٕرکی لقالَس
سمہ دِہٕ گہ لالَس تہٕ ہی مالے

گورہ ہندہٕ اوٗنمَے دہ دہٕ ژٕڈہٕ وورُے
سورُے دامَے چیپہٕ تاٴمے

گورہ ہندہٕ اوٗنمَے دہ دہٕ ژٕڈہٕ وورُے
کھیہٕ تےَ بَتہٕ ہاٴری گرٕنھی واٴریوٕ

پٕچھس سوٗمب واٴژ آتش بازی
آتش بازَن رٕندَکھ ناٴلی
گندان آمتہٕ آتش باٴزی
گندَن نردس[۲] تہِمے سردار

کوٗرہ کمٲری چھے چیپقٕل وُچھس
لچھن اَسہِ گنٕز آتش باٴزی

---

[۱] دیس بَتہٕ مہرنہٕ تہٕ مہرازس یکہ وَٹہٕ چھ آپراوان تمہ چھ دَیہٕ بَتہٕ وَنان [۲] اکہ قسمک زار۔

آتش بٲزی چھہ گاہ ژ‍ٲوٕنی
گوٗری سٲنی سرِ کرِ کھوٗت اَسمٲنی

مور پنکھی چھی چرخی زالان
زِژِہ چھی ژٲدان ٲداتس

پھشمکھ دازِنی چرخی زالان
واسدیو دازِہ نس ٲدانس

واسدیو دازہ چھُم زوٗن زَن زوتان
گوٗرِچ آتش بٲزی چھےَ
پوشبر ژ‍ٲدمے تو ہِ دوہن موکھس
دوہنی گوٗری سوہ کھس واتاہم

اَسہٖ[1] دِرژ ماگ ماسہِ کانگر ششرس[2]
ایشرس پو شے بُرِ گی لاگ

بایِن ہنزی بینِیز سوندری
پوشہ گوندِمے لاگان چھی

---

[1] یہ وَنِہ وُن چھُہ تمہٕ ساتہٕ وَننہٕ یوان ییلہٕ ہِہرازس تہٕ مہرینہٕ پوشہ پُوزا کران چھہ۔ [2] ماگہٕ سانکراٹز دوہہ چھہ بٕڑ کانگر گورس دِوان۔ اَتھ کانگرِ چھہ وَنان ششر کانگر۔

کرشنہ بھگوانئی بیٹھو سوندری

پوشہ گوندرسے لاگان پچھی

پوشہ پوز کر مالہ ریشو گو مارے

داہرہ بوز کر مالہ سالہ گژامس

بھشمکہ رازہ نہ ریشو گو مارے

دشرتھ رازہ نس سالہ گژامس

کیازہ چھک ھگین رامہ رام مڈھریے

کہمے لون چون پوھٹیے ڈرام

گنیت صابن گوڑے نالی ترونٹیے

ولباہ کوٗر نئے اُتھہ روٹ ییے

سالہ گژام ژاو تے ژوٗل انہ گوٹیے

کرمے لون چون پوھٹیے ڈرام

کیازہ چھک ویوھٹ ویوھٹ موختہ الہ مالوان

سوٗنزی نمہ ننہ سونے رنگہ ناوان کیتھ

سازچھی کاران مائج پچھے ہاران

واگرہ ی چھی پژاران واتے کر

سبہ دار بیٹنہِ وول ژُنہٕ ڈٕبہٕ اَندری
ژُلہِ آو سعہ ندرِہ تہٕ وُزہ ناوُکر تون

ہِکہے پچھک ہیپرہ کنہِ کو سمن ژاران
بوہنہٕ کنہِ ناران پہٕ راران پچھے

باغس چایِنس ژندنوی ڈکھے
ایشرن نکھہٕ وأج رازہٕ کماگر

کورہِ کمارے مامہ مجو نکھہٕ چھے
ڈکھہٕ چھس ژترہ بُنہ ناراین

اورَے آہم صاحب دولَتھ
یورے بوہ نیرے آلتھ ہیتھ

پھشمکھ رازن صاحب دولت
دیوکی مأج نیرِہ آلتھ ہیتھ

درمگ سئ بتہ دِیت کرمہ لیکھا ہے
پوشہٕ پوزایے ویلہ ہے ووت

اَتھ ڈول شیرس ماجہ راگی نیایے
پوشہٕ پوزایے ویلہ ہے ووت

پَرباتھ وُچھِت شِہرہ ناوُسعوری نے
سنگرمالن گاشس ہیے آو

صُبحن وُچھِتھ سندھیا کرِی زے[1]
کاشُرِ ہِنز نِندیا کرِتھ زِنہ ژانہہ[2]

اَتھ پاٹھِین من صاف کرِتھ زے
کاشُرِ ہِنز نِندیا کرِتھ زِنہ ژانہہ

اَسہِ دِاکی کوسم ووۂ زِلِتے پھِتییے
تِم ہِنتھ پُوزِہ تَس لاگاَنی

کینہہ چھی گرِہ گرِہ کوسمَن یِوان
وُنی تو کھ گَس رِتھ نِوان پھُک

وِنہِ پھِک لوہ کَٹ تے گنڈِی گورِی ہار
وُسِی گورِی نبہ چِھِن تارن سیتھ

لگِن کم گورنے برٛہمنَن تہ رامَن
ماہمَن واِجِ نکھ کہ چھِے کیتھ

---

[1] صُبحن وُچھِتھ عبادت کرنک اکھ طریقہ [2] بدگوئی۔ بدِرد
وِنُن (کاشُرِ ہُند)

ہیٛرہٕ طوطہٕ کتھ کرِ یتھ نٛر بولہٕ ہأری
تارٕ ژرِہ سیٚتی تول ژٔندن ہار

لنگنس وأجِتھ اوم برارہ مایے
اَنِ دِتھ وأج سے تھے زانکأرن

ہی مأل ہیچھِ کھے دۄہ گنین مالن
پُشو وأجِکھ پوشہٕ مالَن سیٚتی

گہنے کمی گورنے واسدیو رازن
کرشنہ جو ہیۄ تھے سہ تری وان

بلرام دپان بٔہیہ کُس والَن
پُشوٕ وأجِکھ مالَن سیٚتی

لالہٕ پچھے لوٚت لوٚت قندہٕ پھلہٕ ژاپان
کوتر جورٕ پاہ آلہٕ دان چھس

یٔزمَن آیوو مرُدأری دأری
دیوکی بتھاوِی نَس تأری سیٚتی

راد اپیہٕ ژأوی نَس وُتھو تم سأری
بُوزِو لَن دأری دأری سیٚتی

تہندہِ کنہ گنگا سانہِ کنہ ویتستا[1]
پیہے گرٚ ژےٚ تٔس تھاوِی زےٚ

بِشمکھ رازو رٗود ہم ژےٚ تٔس
اَمہِ گرِہ آہم مٗردأرِی دأرِی

دیوکی مأجی پأرن[2] پے تٔس
پیہے گرٚ ژےٚ تٔس تھاوِی زےٚ

یینتہِ نبہٕ تارٕے تتہٕ سعہ نہ کڑو نے
زیرِہ اکہٕ لون گو زورا دار

کوٗری دِژٕ مکھ ییندرہ ہیندِس باغس
وٗنہٕ چھے باغس پھٗلیا جان

دارِہ پیپھٕ بلبل بوزو ماہ رازو
رازہ کمٗارِہ چھی ساز کران

یُس مول تہندین لال گوٗہأرن
سُے مول سانے کورِہ موٗسے

یام کورہ پورٗم دارِہ مثزوٗسے
تام کورہ دأرِوی کڑو نُے آو

---

[1] ویتھ (دریاے جہلم) [2] بغو ٹٗھتھ استقبال کرٕن۔ کھیٔرن پیپھٕ کلہٕ ژاوٕن

واسد یو رازن روہ نہ مشرو دے

دیو کی مائج روزہ آلہِ راوان

رکھمنہ ہنیوت نئے ببہ دوہد دیوئے

تام کورہ مالنز گژونے آد

دستارس چھے کوستوری رچھے

اُچھن اندر رچھو زہن

تیلہ ننہ بھشمکھ رازنی ببہ چھے

ییلہ رچھ سانہ کورہ کہ چھے کیہتھ

کھینیٖ دِس کھنڈ کھائی لال گنڈس مژھے

اُچھس اندر رچھی زہن

ببہ رسنز رونانہ تاجر ماجہ ہنزی زوُنی

ونہ چھک وچھان دارہ پنجرس

دار مالہ پونبر دارہ رکنز دالون

ہزار مالہ ہی مال سشبہ لاوون

ہار کہ ہیند وشدہ بارنچ میتھرے

وتیھرے ناو ہے ہزاران چھے

ہی مال سٲنی خوشس پؠٹھ ہتھاوی زین
گرٕہ گرٕہ بھاوی زنس وونہٕ کُہ ریر

وے سُن ہنزی ویٚسی سونداٗری
ولسہٕ چانہٕ دارہٕ تہٕ برٚیرسے چھم

سونہٕ سنزٕہ گنگجے ترٚیشس چھوٚ رامو
اُسی نسائ تراوون شامن تام

سونہٕ سنزٕہ گنگجے ترٚیشس جو چگرو
اُسر نسائ تراوون دِگرس تام

بیٚتہٕ دٕژ کوہ نگہٕ موٚنڈ تتہٕ نو تیٚچھی زے
کوٗرہو رٕچھی زیچ ڈوکہٕ ہند مال

ترٚین بونہٕ ہندی گُکھ گے جماہ
کورٕہ ہنٛد رتماہ نٕبری زیٚنہٕ زاہنہٕ

